بسم اللہ الرحمن الرحیم

# عشقہ بُسَر

بیان روح از

## رجیدہ غلام محمد وگے

پیٹھ دیالہ گام تحصیل و ضلع اسلام آباد اننت ناگ




بیاد ۱۶ جولائی ۲۰۰۸ء روز ہجرت پیغمبر آخرالزمان صلعم

در و داعِ شہید شاہنوازہ

بسم اللہ الرحمن الرحیم

# عشقہ بسر

رچیدہ غلام محمد وگے

پیٹھہ دیالہ گام۔ تحصیل و ضلع اسلام آباد، انت ناگ

بیادِ روزِ ہجرت پیغمبر آخر الزمان صلی اللہ علیہ وسلم

در ودِ داعِ شہید شاہ نوازہ

تاریخ اجراء 16 جولائی 2008ء

نام۔ غلام محمد وگے ولدیت۔ محمد شعبان وگے برادرِ فتاح وگے

جدی سکونت۔ سوٹک پورہ Bejbahara

سکونت آبائی۔ پھبٹہ دیالہ گام

تاریخ پیدائش بہ اندازہ جولائی ۱۹۴۳ء۔

تعلیم داخلہ ملازمت میٹرک پاس درسال ۱۹۶۱ء۔ منعبہ عروج باتعلیم

ایم اے فارسی۔ بی ایڈ سبکدوشی از محکمہ تعلیم بحثیت ہیڈ ماسٹر گورمنٹ گرلز ھائی

سکول دیالہ گام۔

وارد در بیعت شرع پیر اسد اللہ سیر کانلی گنڈ درسال ۱۹۶۲ء۔

تخلص اظہارِ سفر۔ رنجیدہ۔ ترمیم تخلص از فقیر سلطان رجیدہ۔

## تعارف

اِس مادیت کے دور میں یہ قدیم سرزمین آماجگاہی بنام ریش وار (باغ سلیمان) اپنی عاصیانہ محکومیت میں غرق سیلاب لالہ زار بنی جارہی ہے۔ نہ معلوم ابھی کتنی مدت تک اپنے ہی جگر گوشوں کی پیاسی رہے گی۔ اور کب تک حق وصداقت ''اِن الباطِلَ کان زھوقا'' کی منتظر دارالامن کا درجہ حاصل کرپائے گی۔

جدیدیت بہ عنوان نظام مغلوبیت از مغربیت میں انسانی اخلاق

کے تئیں تنزل کیجد کب رُک پائے۔ خصوصاً نیم بر اعظم جو انسانی قدروں میں

عمیق تر روحانی جڑوں کی سرزمین بنی رہی تھی۔ اب کے دور نعرہ امن واقتصادی

ترقی کی بے لگام تشنگی نے خداداد دستورِ عمل افضل المخلوق کے منصبہ سے بھٹک کر

میدان جنگلات کی ذریات ایک جیسی بنی بنائی کی سُوگا مزش ہے۔

اسلامی نظام کا متمنی ہونا شرط مسلم ہے۔ لیکن نادان جزبات بنام عقیدہ

وتوحید پرستی کے عقلی اور عملی ریشہ دوانیوں سے دین فطرت میں آفاقی نعمت دین

روحانیت سے نئینسل اوجھل ہو رہی ہے۔

صوفیائے کرام جنہوں نے عملاً تذکیہ نفس کا سبق اس سرزمین پر رہنے

والوں کو دیا۔ شوق وحدانیت میں شاعری بزبان کلام ترتیب ہوتی آرہی ہے۔

لیکن بد قسمتی سے مادیت کے سوداگروں ان پڑ ضعیف الاعتقاد ننگے سیاروں۔

کسب معاش کے فرحتی متلاشوں نے عموماً اِسے جنسیاتی روپ دینے میں احساسِ

قومی اخلاقیات کو پسِ و پُشت ڈال دیا۔

جبکہ دور حاضرہ کے کشمیر مبلغانِ دین احساس ذمہ داری کو بھُلا رہے نظر

آتے ہیں۔ نظامتِ دین کے بجائے عقاید دین کے اعمال اُلجھا رہے ہیں۔

اس طرح ہماری اصلی انسانی خوبصورتی آہستہ آہستہ ایسے مغربی بے بُو خوشنما پھولوں سے دھیمی ہوتی جا رہی ہے۔ جیسے عاقل بصیرت کے نور سے بے خبر جسکے اُلٹ جدیدیت کی جڑیں جگہ لے رہی ہیں۔ ایسے میں پوشیدہ تحفہ بطن سے بھہرہ ور ہونا پیچیدہ بنایا جا رہا ہے۔

ہر زمین زمان اس انسانی دنیا کیلئے دین فطرت ہی ہر اُلجھاو کا سُلجھاو ثابت ہوتے جا رہا ہے۔ جو نا اتفاقی مِلت کے سبب غیر مسلموں کی نا آشنائی کے بوجہ انتہا پسندی بنام پکارا جا رہا ہے۔ جو قابل افسوس ہے۔

تن و من سوختہ کئے مومنین میں سخنوری اظہار عشق بہ وسیلہ گریہ زاری کا اُمڑتا توحیدی فوارہ ہے۔ جسمیں سنت و توحید کے آیئنہ ذریاتی پیکر انسان کامل کے حق میں مدح سرائی نعوت باذِن اللہ ہوئی ہے اور تا قیام جاری رہے گی۔

صوفی شاعری اصل میں خدا اور بندے کی شِناسائی عمل کے منازل میں پوشیدہ وضاحتی بیان ہے۔ جو بزبان طرز بیان کے تلفظ مجاز و حقیقت کی پیچیدگیوں کے عوام الناس کو شعور دِل و دماغ سے بہت دور ہے۔ اس طرح کی شاعری صرف راہ سلوک کے طالب کی سمجھ ہو سکتی ہے۔ جس وجہ کے بناء اِسے غیر شرعی قرار دیا گیا ہے۔ توحید کے علمی دعویدار من عرفہ نفسہ

فقدعرفه ربُه کے نعمت روح سے نونسل کو بھگانے میں خدمت دین سمجھتے ہیں

جوتفرقہ مِلت اور مغربیت کا آسان سودا بنے جارھاھے۔

خدائے لاشریک نفسِ امارہ کی زورآوری سے بچاکر تفرقہ مِلت سے

بچائیے۔

شاعروں کی دنیا قبل اسلام سے موجودتاہنوز جاری ھے۔ ایسے میں

یہاں بشرِضعیف جناب غلام محمد رجیدہ سے آپ متعارف کیئے جارہے ہیں

جنھیں خُدائے لاشریک نے بچپن کے ۱۲ سالہ عمر سے گوناگوں تکالیف اور

آزمایشوں سے دوچار کردیا۔ سماجی نیچ نظراور خودی کی محویُت کے ساتھ ردِخلق

میں بطور اُستادایام فانی سے گزرتے آرھاھے۔

شرعی پیر کے بوساطت لا علاجی کے مصائب میں اتباعِ مرشد

۴۸ اسلاسل کے علاج کُل میں محوومگن رھا۔ سال ۱۹۷۲ء میں خط ارشاد حاصل ہو

کرشرعی منازل کے نعمتوں سے باطعناًسری طور سرفراز ہوتے رہا۔ بوجہ ملازمت

ظاہَری پیراؤ پنہائی درجہ باطن پایا۔ مگر اسکی نامعلوم تقدیر نے اِسے پھرطوق

اطاعت بسلسلہ خالص سھروردیہ کے غلام درزنجیر بناپڑا۔

اصلاً تو یہی ثابت نکلا کہ پنہائی روحانی دنیا میں منظورِ توبہ فقیر

آہن گرمتو جلالی مزاج سُلہ صیب بدسگامی کے سفرخاردار میں اُسکیے ظاہری زندگی

سنوار نے اور باطنی راز داری کا خاکی بنے میں خود جناب محبوب العالمؒ نے یہ

منصبہ زہر نوشی اعلان فرمایا۔ جسکی اطاعت سال ۱۹۹۰ء تک یہ جسد و روح اور پھر

روحانی طور جاری ہے۔

کہاں شرعی گُل نشینی تابع جناب خواجہ نقشبندؒ اور اب خاک نشینی اور ہمہ

اوست میں صحبت سگاں با درویش۔

Statement recorded in Radio Kashmir on Ist July 2006 AD

۲۵ سالہ صحبت سلطان میں اسکی پوری تواریخ لکھے ہوئے اسکے آخری سانس تک

مکمل ہے۔ افسوس سے لکھنا پڑتا ہے کہ بعد روپوشی اسکے بحوالہ مقبرہ گیڈروں

کیراج بنی جنہیں اس فقیر کے ساتھ ایک دن بھی صحبت برائے تحقیق نصیب نہ

ہوا وہ پدرم سلطان بود کے دعووں میں آیئن فقیر کو تار تار کرتے رہے۔ اور

زروباج کے ایماء پر یہی لوگ براجمان شرک و بدعات کے سازندر بنے رہے۔

ان حالات کے رونمائی میں شریعت وطریقت کا کوئی پیمانہ یہاں موجود نہ رہا۔ جو

دین فطرت اور فقیر کی اصلیت کو مسخ کرنے کے برابر رنگے سیاروں سے نوشتہ

ہے۔

محترم رجیدہ صاحب بعد روپوش سلطان یہاں بھاگتے ہوئے کف

افوس نہ ملیں تو اور کیا یہاں تک کہ راست گوئی میں اِسے اس مقبرہ سے اُٹھے

جہاں تحفظہ آہنین کے امزاد کا خطرہ جان کا اندیشہ ثابت ہوا۔

اس راہ سلوک کے آزمائش میں محترم مصنف کو شباب بھری پاک پاش دختر گل نوازہ کی قربانی داغ جگر بنی۔ رب شہیدی درجہ قبول کرے آمین۔

بیان ندامت اور فنافی الشیخ کے منازل طے کرتے ہوئے صنف سخنوری گریہ زاری بچپن سے ہی جاری رہی۔ تواریخ فقیر کے علاوہ بے شمار تصانیف جن میں کم وکاست چھپوا کے مقتدین اولیاء اللہ کے لئے پیش کیں۔

جسکا سلسلہ سال ۱۹۸۱ء سے ہوا۔

مناقب براولیاء اللہ کی کتاب بنام ندامتیکی آلو سال ۲۰۰۵ء میں اجراء ہوئی اسطرح تواریخ خلیفہ شیخ العالم جناب بدرالدین ریشی زیارت دردیالہ گام کے ساتھ صوفیانہ غزلیات بنام خون جگر چوم سال ۲۰۰۶ء میں اجراء ہوئی۔ اسکے بعد وہ مناقب جو سال ۸۱ سے باگلدستہ سہروردیہ اجراء ہوتے رہے۔ مدح جو بزبان فقیر بررجوع مرشد یعنی سلطان العارفین سے اظہار سلسلہ بہ دل وزبان ہوتے رہے۔ انکے بسلسلہ سہروردیہ ترتیب میں ایک اور مناقب کی کتاب بنام اَشی ھھتی پوشہ پھُتی .Bunch of Flowers full with tears۔

سال ۲۰۰۷ء ۱۶ جولائی کو اجرا ہوئی۔

دوسرے تصانیف میں اردو غزلیات کے دو حصے زیر جایزہ محفوظ میں نثر میں لکھی

گئی کشمیری زبان میں نادر کتاب توحید وتصوف اور وجود شاعری اردو میں فقر کی

بے رُخی حجت علم اور زبان روح وغیرہ۔

وارادت عقاید۔ آنسوں کے شعلے۔ ارض ستمگر ہر سانس خنجر بے دخلی کا

بدلہ۔ وغیرہ محفوظ طلب طباعت میں۔ جن میں کئی نامناسب زمان ومکان کے

خاموش تحریرات موجود ہیں۔

محترم رجیدہ صاحب جانشین فقیر بحکم سلطان کشمیر سال ۱۹۷۶ء میں

اعلانیہ ہونے کے بعد اب گوشہ نشین مرجع عوام ہیں۔

درجہ طریقت میں سال ۱۹۸۰ء سے ترک ازدواجیت ہوئے ہیں

جسطرح کہ درویش سلطان ۱۲ سال سازمہ داری میں دو بیٹیوں کا باپ گزرا ہے۔

قادرِ کل خدائے لاشریک مصنف کو درجہ روحانیت میں روزافزوں

بااسرار خودی میں سرفراز کرے۔ آمین انشااللہ

آشنائے حال

بشیر احمد وگے

گل فاروقہ با محمد اشرف

# خاردار وتن هند مسافر رجیدہ

عشقہ بُسر چھے صاحب دل شاعر غلام محمد رجیدہ سنز شاید ژوریم شعرہ سونھبرن۔ غلام محمد رجیدہ سنز شاعری منز چھُ فقروک جلال تہٕ جمال زیارہ پھن میلان۔ شاعری چھ سلوک چن پُر خطر وتن تہٕ پڑاون ہند نیب تہٕ دوان تہٕ عاشقن تہٕ فلواح گیمٕ تن ہنز ترلیش تہٕ ہومہ راوان۔

ژان کرٕون چھ پأن پانے  موئے چاوان چھم موے خانے
خون هاران چشم جہانے  موئے چاوان چھم موے خانے

''رجیدہ'' صاحبنہ شاعری منز چھنہ اسہِ عام تہٕ ریواتی صوفیانہ شاعری ہند صرف ترنُم نظرِہ گژھان۔ بلکہ یہتی لحاظہ اکھ پیچدگی تہٕ کھر ہیوتہٕ نظر گژھان۔ اَتھ چھ وجہ زِ محض صوفیانہ خیالات شعرن منز باونس تہٕ پانہٕ پننس گُلھم وجود ہیتھ سلوکچن کھر دارتہٕ خطرناک وتن منز ہنہ ینس درمیان چھے اکھ واضع فرق رجیدہ صاحب چھے پانہ تِمن وتن تہٕ پتھ ونن ہند مسافر یپأرٕ بیاکھ شاعر قدم تراونس تہِ بھیرنہ۔

وولُم نال کالہٕ سرفَن  موے موے زنجیرین
ھہنہ ھہنہ گوس ژمن  جگر گوکھ کتراون
حُسن چون تنبہ لاوَن  شددان سورٕ سپدن

تو ے رجیدہ ودن جگر گوکھ کتراون

یمن سلو پچن وتن منز جگر کتراونہٕ چھُ یوان تِمَن یمن نظر حسُن معشوقس

پیٹھ آسان چھ۔ تہ حُسن بیانس پیٹھ نہ کیہنہٕ۔

مے چھ انتہائی مسرت زِ رجیدہ صأبن کور زیر نظر کتابہ پیٹھ رائے لیکھنہ

باپتھ میون انتخاب وومید چھم زِ یہ شعر سومبرن گژھہ صوفی تہ ادبی حلقن منز یکسان

طور قبول۔

احقر

رفیق راز باغات سرینگر

۷ ربیع الاول ۱۴۲۸ھ

# دبدہ مانہٕ باوتھ

بہٕ محمد یعقوب خان ساکنہ برنٹی پٹھ دیالہ گام پٹھ اکلومیٹر دور روزت

چھُس جناب وگے صبون (رجیدہ) ۱۹۷۲ ءپٹھے اکھ مقعقد تہٕ متاثر فرد روزن

آمُت تعلیمی منصبن .Ex. C.E.O. Ang تہٕ حنفیہ کالیجک "Ang" ایڈمنسٹر

یڑ روزت چھُس بہٕ روحانیکہ تلاش جناب رجیدہ صیبنہِ وساطت فقیر سلطان صیبس

نِش فیضیاب گومُت ۔ بلکہ اُمیدِ فنافی الشیخ کِہن منزلَن منز دایمی مجلس یم سُلہ

صیبسَ نِش سپدھان آسہِ حاضر رودمُت ۔

جناب رجید صیب چھہ پیرِ شرعی اسد صیبنہِ پتھ تہٕ خاصاً جناب مخدومؒ صیبہِ

ارشادہ مطابق سُلہ صیبہٕ طریقتکِ زرزر حاصل راز دار تہٕ خدمتگار رودمتِ یمہِ

کِن مناقب سلطانیہ سَھیر وردبہ اَسہِ نِش عملی ثبوت چھُ صوفبت کِس اتھ منزلس

منز صوفینہ غزلیاتچ کتاب اجراء کرنہٕ یوان آیہٕ چھُ یَت مادی دورس منز کُلھم

شاعر حضراتن سُرس لبنہ یوان۔

از چھ اَت ادبی مبد انس تہٕ کاشر زبانہِ تھزر دِنس منز بیاکھ اکھ صوفیانہ

غزلیاتچہ کتاب یَت ناوٗ چھُ عشقہ بُسر چھ پڑٕ پاٹ مصرفتوک اک گنجینہ نظرِ

گژھان۔

یہٕ چھُ یم وادی ہمنز تہٕ خصوصاً جنوبی کشمیر کِہن ادب نوازن ہند خیطرہ

اکھ فخر تہِ مبارک تہٕ یتوی اووت نہ بلکہ چھُ یمو فقیر سلطان صینٛز پورہ درویشی ہُند۔

موے موے درتحر پر محفوظ کرِت تہٕ بہنز سوانحری لیکھمٕژ تہٕ حالاتِ زمانہ بے خوف

پاٹ کتابہ تحریر کرُمژ۔

یت گتہِ پیٹھ روزِ کانھہ موحِد تہٕ اَفسوس سکھ اتھ مُورنہ ورائی کہ سُلہ

صینہِ پتھہ آونہٕ آمہِ مقبر کہِ حوالہ دستوار فقیر کہِ مطابق خوفِ آخرت یا نے تزکیہ

نفسوک کانھہ رَمز وو تلھہ ینھہ دنہِ۔ دینی تعلیمہِ ہند اچھ گاشہ آستھِ تہٕ آویہٕ مادِ

یتوک اَڈھ بناونس سیتئ درویش خانہ خود پھراوٕنہٕ یمہ کن نوٕہ پوٗر روحانی اعصتقادہ

نِش ڈلبت تز بز بوک شکار گوٚ ھان چھُ بسٕ قابل عبرت تہٕ افسوس چھُ

## واقفِ حال

سابقہ سی۔ ای۔ او محمد یعقوب خان میون گواہ غلام محی الدین بابا

واغطہ ۲۸ جون ۲۰۰۸ء۔

# پنٔ زبوه

مغربی مادہ پرستی ہندِ مارہٕ مٔتی دُنیا ژھاران تہٕ گاران والو ترأ و گوڑ پتھٕ
پنٕنۍ کاشر زبان گاٲل کھاتس تہٕ نوٕ پوٗد بنأوکھ انگریز پوٗتھۍ۔ اَچھ قدر چھ بنان بنہٕ
والس نسلس خطرہ شرطِ سندٕ مستقبل چھ تمہٕ وں کنونشن مجلسہ بناوِت پنٕنۍ زبان زندہ
ڑھان تھاوِن۔

اَمہِ لحاظ گوژھ اَسہِ واریاہ فخر اُسن کہ کتابہٕ بزرگ شاعرٕ تہٕ ادب چھُ اَت
زبأن لول بھرت آت باگہِ بھروت بناونچ کوشش کران افسوس چھُ یمہِ کتھِ ہُند
کہ کاشر زبأن ہند سرکأر تہٕ غیر سرکاری زبأن ہند عالمِ چھنہٕ وسہِ ؤانجہ تہِ کران یہٕ
زن تمہٕ میڈیا ہمس منز بیان کران چھ۔ کاشر زبان ہند لکھأڈیم عموماً گامن منز
چھ۔ چھُنہٕ تہندین بھہلہ پایہٕ مسودہ جاتن یونیورسٹی یا کلچرل اکادمی منز حوصلہ
میلان۔ وُچھان تہِ چھ کہِ یہٕ زبان تہٕ اُمکی گاٹلی چھ صرف شہر سرینگرس منزٕ اَمہِ
چین مجلسن ہُند سنز کران رودِمت تہٕ ؤبن بلھ کانہہ شاعر یا ادیب یمہٕ دُنیاہ
رخصت ہوان چھُ۔ تہٕ تمی دوہیہٕ تہنزِ قبرِ نمسکار کرِت پنہٕ نوی ناوٕ نبشہ ناوان۔ یہٕ
روایت چھ سیاستدانن تہٕ حکمرانن سان ادبی ادارن ہمشہ وُچھنہٕ آمیژ ہ۔ یہٕ نقلی ہاوٕ
چھُنہٕ صرف کاشرِ زبأن ستی فریب بازی بلکہ اَت لول بھرٕن والین ستی رمزہ
بازی۔

بتھ یأت چھنہ کاشور ادب۔ شعرہ مزٕ از تہٕ ترجمہ کاری ھُند کانھہٕ حوصلہ نوِہ پوٗ یہ
مبلان۔ تہٕ یہٕ ترقی چھ تمنٔ تأن یمن یاتہٕ روزگار چھَ یہٕ زبان یا تمن بم از خود و تلان
چھ۔ شادبیہٕ توہِ سمجھ تہٕ گوٗ ھوشیار۔
یہٕ کتاب عشقہ بوشرتہِ چھَ گامی پیرو فقیر رجیدد یا لگامی سوند تصوفوک
شاہکار۔ یتہِ اُمہ سنبدِ بمنشاء تہٕ ظریف احمدَ ظریف صیٖنی کوششو پتہ یمٕ جایہِ پٹھ
پانے دبالہ گام مجلسہ اِجرائی چھ کرنہَ یوان۔ تہٕ چھُ نثری تہٕ غزلیات معہ مناقب
لیچھٕ ہ کتابو منز ژوربم مسودہ غزلیات بتھِ پرُ خلوص تہٕ تلاش کا شرادبہٕ شوقہ وکو
ششہ ھھند لایق ثاباسی محترم ظریف احمد ظرلف صیب وُینوک تام روزان
آمت۔ تہٕ گامی موشک ہوتُمت۔ انشاء اللہ ماباقی نادر کاشرِ لیچھٕ ہ کتابہ بنِ علمی
نقادو ہنزِ تجزباتو پتہٕ توہِ بروتھ کُن۔
خدایہٕ کریم دیٔن زِ کرم ہدایت دین و دنیا۔ ابدً اَبدا۔

تھوندلول تہٕ دُعاء ژھارن واٗل
سجاد احمد تہٕ سُنبل رازدان
ترال سرینگر

# "زان پہچان"

کاشُر زبانہِ منز چھُ یہ ژوٗریم شارہ سونبھرن۔ اُس چھِس محترم وگے صیب (رجیدہ) بحثیت پیر تہ فقیر صفت وُچھان تہ زانان ظاہری تہ باطنی دُنہاہچ زانٛن کاری منز چھ باسان کہ یِم چھِنہ باذن اللّٰہ مشکل کُشاء اووت بلکہ چھِ بم شرعی عبادات واجازتہٕ سیتی شرط بندگی ہچھ ناوان یا نے سخاوت۔ عبادت تہ ندامت بتھِ چھُ وُچھان کہ سُلہ صیب بدسگامی ہندروحی معتقد چھِ رجید صیبس نِشی بہ سلسلہ سہر وردیہ راٗو مرُوَت لبھان۔ بہ زن تمبس پتہ بھ کانسہِ بڈُنبا ممکن چھُونہ۔

بہ رجوع لہ ۱۴ اسلاسل چھ اُس طالبِ دُعا پیش رب العزت کہِ سہُند بن جناب رجیدہ صیبس دسگاہِ باطن تہ قبولبت یمہ ستئ اَسہ سارنی راہ ہدایت نصبب گژھ۔

ٹھاٹھبس نبی سُبزِ مہرُ نبوتکہِ پاسہ گژھن انتخاب فتح حاصل پتم خطاء سُیدِن درگزر بیہ ظاہری حکمرانی منز بنن توفیق خدمت خلق اللہ۔ آمین۔

یا احمدُ یامحمد صلعم۔

تُہند معذرت خواہ

فیروز احمد تہ راشدہ

بسم اللہ الرحمن الرحیم

# تعارف زبان وزمان

خالقِ کُل اس رواں دنیائے کشتی میں یہ زمانہ مادی ایجادات کے بحوالہ قابلِ فخر اُبھرتے جارہا ہے۔ رازہائے قدرت انسان کے ودیعت شدہ قوت ذہانت رب نے اپنا احسان اپنے خطاب کردہ امر یعنی نایب (خلیفہ برارض) پورا کرتے رہتا ہے۔ لیکن سب سے بڑی بدقسمتی یہ ہے کہ اتنی مادی ترقی برائے دنیا حاصل کرتے ہوئے یہ اپنی وجودی پہچان کرنے میں اب تک ناکام نظر آتا ہے۔

شاید ترِ توہِ فکر کہ مادی ترقی حاصل کرنس منز ترا اُو اِنسانن انسانیت۔ اَموک اصلی وجہ چھُ یہِ کہ سامان تہٕ ذرایع ترقی آبہٕ تمہِ زمینہِ ژکھلہِ ہندِ یو اِنسانو ہند ذہنی بجر سیتی بار تس یم بحکمِ اِلٰہی دستورِ انسانیتہ منز قرآن ینہٕ پتہٕ رد سپد۔ تہٕ خدایہٕ دانا وبیناء سیِنزِ اخلاقی پرزہنت اِنسان تہٕ انسانیتس کلہ ژھٹی بُوی انسانی دنیا کالانعام بل ھُم اضل۔ یہٕ زن از اُس وچھان چھ۔ اَت روٗٹ گرنہٕ باپتی آیاؤ فرقانِ مجید درعمل اسلام۔ یُم قوم مادی ترقی یافتہ بنٲوِ یہندوی راج چھُ مغربہ آفتابہ کھٔست مشرقس سوار سپد مُت یہٕ وَنتِ کہِ بلاعذر کرِ یو قبول وبِ ہُم پَندِس راجس مردود وَنتھ غیرتس لاینہٕ

آئ تمنِ پیوناوٗ دہشت گرد۔ یہ مغربی حکمرانی بند دستورِ چھ عمل پیہم تہ شونگھت شہمار۔

ان سائنسی ترقی یافتہ قوموں نے کسی بھی مذہب کو سامانِ عیش وشکم کے رکاوٹ کی وجہ ٹھہرا کر اپنی سامراجیت کو جمہوریت کا نام دے دیا۔

اسی مادی حکمرانی کے حصول میں ہوس ملک گیری اور جبری قبضہ کے ہوس میں باوٗلے کُتے کی طرح تمام حربے روبہ عمل لائے جوانکے نصب العین کے تقاضا کو پورا کرتے ہیں۔ اس سرزمین اولیاء اللہ پر بزرگان موجودہ اب سینہ پھٹ واویلا کرتے ہیں۔ لیکن انکی دانائی عموماً یا شاید جبری خوف اور بربریت کے بموجب لب بستہ ہیں۔ کہ کہدیں کہ اس سرزمین پر بسنے والو آنکھیں کھول کر دیکھو کہ یہ زمین مخلوق، کس نظام کے تحت رواں ہے۔

اَسہِ تہَ خاص کریتہِ کہو گوڈہ اُنہ وارِ حکمران تہ سیاستدانن لگ عیش پرستی عبند مَس تہَ ہندوتہِ کرُ سیتا ہندوٕ راون پسند۔ اُمی نظامن لوٗب تھزر۔ تہ وَین بھ سانیوٕ جوانو سِیٚ کرُ تقصیر کمن چھُ۔

تُوہ سارٕ واعظ۔ مبلغ۔ حتٰی کہ پنڈت برہمن سارٕی زورَ دتِ کریکھ نا آکاش دِیِوٗ، باسان چھُ کہ نِوہ پویہٕ یَس جدیدیت اَمہ نظامہ دِنہ بوان چھُ ئہ بَھ مُردم آزادی تہ انسانیت آزاری ہوند بیول یُس دوہ کھوتہ دوہ بلاخوف

پھبان تہ پپان روز۔ تتھس نظامس منز نہ زانہِ کانہ شیوتہ نہ شوہ

اِزمی نہ صوفی تہ نہ تصوف۔ آت بدلھ چھ ہر رنگ سائنسی ذرایو سیتی بتہ

مغربیت یانے سیکس تہ زر پرستی بھم یوان کرنہ۔ افسوس چھُ یہ کہِ أس ساری

چھ بہ وچھان مگر چھنہ ہکان انقلابی سنز کرت نہ یت سرزمینس انسأن یتوک

کانہ کُل دِت۔ شائد مالگھِ فتوای کُفر کہ تعلیم القران وسنت چھُ زمینہ پیٹھ واپس

گژھان۔

بیاکھ بڈ بدقسمتی چھ یہ ییس مسلمانو پانہ وأں علمی ژھوپہ سیتی مغربی

سکولر نظامس ہنزِ ہنزِ جاء دِوان تہ اِصلاحی ثوابزانان چھُ تہِ گوتو حیدتہ

تصوف۔ فروعی مسلہ کہو نیایو گرمول تہ موج بیون بیون۔ یت ریاستس

منز ییس مادی سامراجن ہنز بے لاگت فتح بنان چھُ یمو عالموِ مذاہب صرف

کاردنیاہوک مِشن پیش کرتہ روحانیچ پہچان گُلس پیٹھ آورِ برتہ فضولیات وقت

قراردیوت اذکراللہ کثیراً موجب تطمین القلوب سبق دِوت نہ۔ غرضِ میلادِ

آدم تہ اِسلام برائے بندگی روح وجسد یمن پانس آسنہ سمجھ آمُت تموی رٹھ

مسجدن ہند منبر کم کنیوہا توفیق ہدایت پویہِ ڈولوک مقصد حیات وخلافت یہ

سبٹھا نقصانِ ملت چھُ توہِ روحی نادان توحید دانن گوھ یہ "کتاب عشقہ

بُسر" خلاف نظریہ اسلام طاری مگر یہ چھُ دینی تصوفوک تہ ملِشرازک اکھ بڈ

کارنامہ یم تہِ خداپرس صوفی یت دنیاہس منز بظہور آیہِ تموِ کرٕ خدایہ سوند
ہجرتہ راز عظمت نورچہِ وَتہ سرٕ ہ اَچھ زبان کنبھ مجازی تہ کنبھ حقیقی تلفظہ کلام
ہتی پیش سپدان اومت چھُ۔ پزٕ پاٹ چھ مذہبی حکُم سماعِ منع مگر عموماً تہند دہ
ہیطرہ یمن نہَ اچھ وت تہ کت وَنہِ آسہ آمیٕژ تہَ شرعاً سم قاتلِ تمہِ موجب کہِ یم
ماع کرِت اسلامِک بنیادی ارکان۔ سنت (نکاح) آستھِ فراموش کرٕین۔
یچ وضاحت چھ تصنیف کرٕ مژِ کتابہ وجود شاعری منز صریحاً درج۔

بسمِ اللہ تعالیٰ

حضور پاکؐ اللہ کے آخری اور برگزیدہ پیغمبر گزرے ہیں۔ آپؐ کا نور
ت آدمؑ کی پیدائش سے قبل ہی وجود میں آیا تھا۔ آپؐ تمام مخلوقات میں سب
سے افضل مخلوق قرار پائے اللہ نے آپ کو راہ ہدایت بخش دی۔ قران میں
شاد ہے ''ووجدک ضالاً فھدیٰ''
ہم نے آپ کو اپنی راہ میں خود رفتہ پایا اور آپ کو ہدایت دی)
بظاہر آپؐ کسی سے پڑھے لکھے نہیں تھے۔ مگر آپؐ عقل کل اور
م لدنی کے حامل تھے۔ آپؐ کی فکری رہبری اللہ پاک نے خود فرمائی لہٰذا
پؐ مخلوق میں سے کسی کے شاگرد نہیں ٹھہرے۔
تمام انبیا آپ کی طرف سرنگوں ہیں۔ واقعہ معراج میں آپؐ امام

انبیا ٹھہرے۔ فرشتوں نے آدمؑ کو بحکم خداوندی سجدہ کیا اور آدمؑ حضور پاک کے مقتدی ٹھہرے۔ قران میں متعدد مقامات پر آپؐ کی فضیلت بیان ہوئی ہے۔ امر واقعہ ہے کہ حضور کے امتی بھی اعلیٰ مقام پا گئے۔ حضرت نظام الدین اولیا کے بارے میں علامہ اقبالؒ فرما گئے۔

خضرؑ و مسیحؑ سے اونچا ہے مقام تیرا۔

حالانکہ خضرؑ علم لدنی سے مالا مال تھے اور حضرت موسیٰ کی روحانی تربیت فرمائی۔ لہٰذا غور فرمایں کہ حضور پاکؐ کا مقام کتنا اونچا ہے۔

واقعہ معراج میں آپؐ کی رسائی سدرۃ المنتہیٰ تک ہوئی۔ جہاں جبریل جا نہ سکے۔ آپؐ کو کسی مخلوق کا شاگرد ٹھہرانا بعید از عقل ہے۔

بقول عاشق

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر۔

این علمِ روح حاصل کردن برائے ہر فرد او کہ تصور یزدان دارد۔ درین زمانہ علمِ معاد ترویج دادن شرط زندگی برائے شکم پروری ساختہ است۔ ولے برائے پہچان روح تذکیہ نفس عنقاہ شد است۔ امید دارم کہ تو ادراک بلنغ یت کتابہِ منذ چھ عشق الٰی ہند جستجو پورہ مقصدتہ و میدچھے کہ نظرِ والبین گوھ منہَ مطابق پسند۔

ان شا۔ اللہ

مصنف عشقہ بُسر

رجیدہ دیالہ گامی

# شُکریہ التماس

خدایہٕ کریم شٕنبد بجرہ کہ یُژھنہ سبتہٕ چھ أسی طالبِ ہدایت دایمی محترم حاجی کٔنبہ مرحوم محمد سلطان آہنگر ساکنہ راجباغ تہٕ محترم محمد سلیم وانی ساکنہ نیلم چوک سرینگر۔ ہند مشکور بمویت کتابہِ چھپاونس منذ ذاتی دلچسپی دِیژھی۔

بہٕ بشیر احمد وگے چھس التماسِ دعاء تُہند خلوصہ نیتہ یژھان کہِ خدایہٕ کریم کرین سون توبہ قبول۔ تہ گریجوشن کرت پیُو رجیدہ صبین ظاہری گھروک بھور ہے پبٔتر ون۔ یمہ کن وُنیس تام ملازمت سرکار حاصل سپزنہٕ۔ وومیدھنز رزہ لمبت چھوس اَمہ موجب منتظر پروردگارسہٕ ییہ ین برکرم۔ صحت تہ دائمی روز گار بنبٔن درنصیب ان شاء اللہ

طالب دُعا

بشیر احمد تہٕ فیاض

فاروقہ تہ فردوسہ

# بہٕ کیا وَنے!

غلام محمد وگے رجیس صائب چھ ماجہ کشیر ہنداکھ قابل قدر قلندر یمن

قلندری ستۍ ستۍ شعر و شاعری ستۍ دلچسپی چھےٚ۔ یتھ پاٹھۍ اکس قلندرس گژھ

باتھ مےٚ ہوس عام انسان سندِ خاطرٕ قابل فہم آسان چھےٚ تتھے پاٹھۍ چھ یتھن

قلندر شاعرن ہندس تخلیقس کوم کرٕنی مشکل۔ عام انسانی فہم وادراک چھُ زیادٕ

کھوتہٕ زیادٕ تمن تجربن تہٕ مشاہدن اَنزی گژھتھ ہیکان یم انسانی زندگی ہندی

خاصہ چھ۔

مےٚ چھُ یمہِ کتھِ فخر زِ بہٕ زانکھ محترم رجیدہ صائب پتی موکینژ ووٚری یو

پیٹھ۔ بہٕ کوٚرس تموپنہٕ قلندری ستۍ تہٕ متاثر تہٕ پنہٕ رمز ہتہٕ گفتار ستۍ تہٕ یہ کتھ وننس منز

چھنہٕ مےٚ کانہہ شرمندگی باسان زِ بہٕ چھس نہٕ پزٕ پاٹھۍ تہند کلامِک استخاف

کرٕتھ ہیکان تکیازِ میےٚ چھُنہٕ تیوت پلو۔ ہاں اکھ کتھ چھےٚ ضرور زِ میےٚ چھِ یہندی

شعر پرن وِزِ اکھ تیُتھ عالم برونہہ کُن یوان یتھ منز اکھ راوان گاہ چھُ تہٕ یُس

وُچھتھ انسان نہٕ صرف رٲوان چھُ بلکہ چھُ اَتھی راونس منز پنُن پان لبنچ کوشش

کران۔

جناب رجیدہ صائب چھ تصوف تہٕ قلندری ہندین اسرار رموزن تہٕ

تہندین سینزن واقف اَوے چھُ اَسہِ تہندس گفتارس منز تہٕ تہندس گفس منز

اَمکِۍ آثار درینٹھی یوان۔ رجیدہ صائب چھنہ شعروشاعری نسبت تمہِ انمانہ سونچان یتھ پأٹھۍ اکثر شاعر سونچان چھ۔ تمن چھُ پنن اکھ مخصوص سونچ یُس تہنز شاعری اکھ کاے چھ دِوان تہٕ یوٚ ہے سونٛچ چھُ تہند کلامچ پرزنتھ ہندس کلامس منز چھنہ صرف دے گارنک امارتہٕ ہاوسے یوت موجود بلکہ چھ اَتھ منز پرٛژن انسانی قدرن ہنز آبیاری تہِ کرنہٕ آمژ۔ یم چھ مذہب تہٕ رنک ونسلہ کیو سرحدو نیر تھ انسان دوستی تہٕ ایرستی ہند سبق دِوان یُس انسان زندگی ہنز تربیتہٕ خاطر سبٹھاہ لأزمی چھُ۔

مےٚ چھ یہند کلامکس سری تے وی منز اکھ یُتھ ووبو دنظرِ گژھان یتھ منز انسانی زندگی ہنز بے مایہ گی پنن آکار ہاوان چھ۔ اوٚے چھنہ رجیدہ صاب تمن فنی نوکتن تہٕ نزاکژن تیژ اہمیتھ دِوان یژ اہمیتھ تمن أزکی تہٕ پتھ کألی شاعر دِوان أسی وومید چھ زِ یہ شعری مجموعہ سید عوامی حلقن منز مقبول تہٕ اَمہ کس نچس منز گژھ خداپرستی تہٕ انسان دوستی ہند پیغام تہٕ عام۔

(آمین)

مجروح رشید کشمیر یونیورسٹی سری نگر

۱۱ جُلائی ۲۰۰۸ء

# موٚت مستانہ تہٕ لکھاری

ماسٹر غلام محمد چِھس ستیٚ چھُ میون تعارف از برونہہ ترہیہ پانژ ترہ وری

نوابازار سرینگرِ کسِ نامدار صوفی بزرگ سخندان تہٕ سخنور مرحوم صوفی غلام نبی

زرکوب صاٮ۪بنس دیوان خانس پیٹھ سپد مست یتہٕ وقتہٕ وقتہٕ صوفی مجالسہ تہٕ محفل

سماع آسنہٕ کہِ برکتہٕ کُلِ کشیٖر ہندی صوفی بزرگ صوفی شاعر متیٚ مستانہ تہٕ

باشرح صاحبِ سلوک بزرگ رندتہٕ پرہیزگارور دِخوان خُبہٕ تہٕ لولہٕ واتان آسی

یمن اندر اسلام بادکی ناماوار صوفی شاعر تہٕ بزرگ لسہ خانِ فداتہٕ میے آٚتی

وچھمتیٚ چھ۔ اٚتھی نبہ صیبٕ زرکوب صاٮ۪بنس دیوان کانس پیٹھ یلہِ مےٚ دوہہ اکہ

اکھ مستانہ چالہِ ڈالہِ جواناہ اکہِ پُر اسرار کششیش پانس کُن مدُے گنڈتھ وُچھ تہٕ

پروژھمس تعارف تہٕ دوپنم ناو چھم غلام محمد وگے روزن شاپے چھم، دیالہٕ گام

اِسلام بادپیٚشہ چھُم سرکاری ماشٹری یور شہر چھس سرکاری حُکمہ بی۔ ایڈ کرنہِ

سوزنہٕ آمُت یمن محفلن تہٕ مجلسن ہند دِلدادہ تہٕ موت آسنہٕ سببہٕ ووتس یورتہِ۔ بیہ

تہِ چھوا اَمہ برنہہ بوزن یژھان کینہہ یہ بُوزت پروژھمسٕ مے یہ لیے یہ بویلی

گٔہز تہٕ کتیٚ چھوٚ دوپنم سوگتھ گر بیہ ساتہٕ میٚے دوپس ساتھ چھُ سُلطان یہ

کیازِ ترأ وہون یہ بوزتھ زن ووٚتھ کڈٕن تہٕ دوپنم سلطانؒ چھم

سُلطانی دربارچ ڈیڈی واٚنی مٹھ تاٚ ومژ ماسٹر وگے صاٮ۪بنہ زبوٚ تہٕ مخصوص لب ولجہ

یہ صوفی پر بڑ بوزتھ سپدس بہ اوہند انزأنی عاشق اُمی ساتھ اونم عالی کدل پٹن

گرِیتہٕ بہ پلیومُت تہٕ پرتھیومُت اُوسس أنزرنی اندٕ، مُن دُن واریاہ انزُرگنزر

تہٕ تِی یمہ صوفی غلطانگ سہُ تہٕ اکھ ضرباہ اوس بہ تہٕ اوسس اَمہ اُڈرنہ تہٕ صحبتہ

کنہِ خلقن ستی دوہ بن گزارُن دون عالمن ہِنٛد وُیوژ زانان تمہ وقتہٕ کس

ماسٹر غلام محمد وگے صاب تہٕ أزکۍ (ماسٹر جی۔ ایم وگے رجیدہ سُلطانی) ہِتس

کالبس شہر رس اندر رود تیتِس کالس رودُس مے ستیٚ سخ مایے تہٕ مُلہ یمہ کہ

برکتہٕ وگے صیبنس میے ستیٚ شہر خاصس اندر موجود سارنیٔ زیارتن، ہنز

زیارت تہٕ کرٕ بیہ یم تہٕ یتہٕ تمہ وقتکۍ صوفی بزرگ، مُتی مستانہ مڑہ تہٕ زأہد

موجود أسی تہند شرفِ ملاقاتھ تہٕ آواسہِ دونونی سُلطان سنزِ سلطانی ہِندِ برکتیہٕ

باگہِ تمہِ پتہٕ ووتس بہ تہٕ وگے صأبنہٕ برکتہٕ وزِوزِ دربارِ سُلطانی اندر بودسگام تمہ

مولِلہِ عنایتی انوار پتہٕ لگ بھگ دوبہ ۳۲ وُرین سپُدنہ اَسہِ دُون پانہٕ وأنی

ظاہری تہٕ جسمانی رنگہٕ کانہہ تہٕ مُلہ یا ملاقاتھاہ ماسٹر وگے صأب چھوبوزنکن

اَتھ وقتس تہٕ وقفس دوران باغ سُلطانی ہِندبن چمنہٕ کنہ پوشن تکرلاگِت

ویُورتُلان رودمُت۔ تہٕ بہ سرکاری مُلازمتہ کس دۂ لابس اندر یمہ عالمکۍ

دوزمی دُوہ گُذ انس سیٔ ستیٚ ماجہِ کشیر ہندِس تھتس مولِلس حیسن تہٕ خوبصورت

آسنسٔ نأسن وچھنس پٹھ زبوتہِ قلم ہیتھ یہ دپنہٕ تہٕ جنگ کران رودمت، اَتھ

سفر کس وقتس دورانیٖ سُپدم مخدوم صابنی محلس اندر دربار سلطانیٖ کہِ عنایتہٕ

اٚمیے پیر کاملہٕ سندِس دامانس تہٕ ڈیڈ تلے ڈیرِ باپتھ جایہ پناہ تہٕ حاصل، یتین

اِدپنہِ مقدورٕ تہِ ضو روزتہٕ موجوب ڈیرِ ہسن بناوتھ ازتام قرار چھم۔

وری تارِ برؤ ہنہ خبر کمہِ کلہِ وُزہ نوٕ ماسٹروگے صبس میون طلب تہ سوزنم

پننِس اکِس مُہبس اتھِ اکھ طویل خط یتھ پاٚغام شفقتے دپوعالی کدلہٕ کسِ

ایڈرسس پیٹھ، یور مخدومؒ صابنس محلس اندر یتھی سمکھ، تہٕ کوٚرنم رجیدہ

صابس ستیٖ ملاقاتھ کرنک سخ تأکید۔ امہِ پتہ ووتس بہ دیالہٕ گام، تہٕ وُچھم پتھ

کالک سہ ماسٹر غلام محمد فلسفہ بیان مقام فنافی الشیخ مؤلہ وان تہ للہٕ وان، اَمہ

مُلاقاتہٕ روداَسہِ رجیدہ صابس ستیٖ میہ تہ میانن بیہ صوفی منش تہٕ قلم کاردوستن

وقتہٕ وقتہٕ صوفی مسلکس تہٕ فلسفس پیٹھ تبادلہ خیالات سپدان۔

خصوصی طور چھُ رجیدہ صاب شوراہ جلےِ کس خاس دؤہس پیٹھ دیالہٕ

گامہِ پننہ گرِاکہ پرٕ وقار صوفی تہٕ اَدبی مجلسہِ ہیٚنٛد سنزتہٕ کران، یتھ اندر طرفاتن

ہیٚنٛد اٚہندی مانن زانن والین ستیٖ شامل فاضل اَدیب شاعر سیاسی تہِ سماجی

تنظیمن ستیٖ وابستہ شخصیات شامل چھِ آسان اتھِ رجبد صانٛہ منظوم یا نثرہ

کتاب ہیٚنٛد اجرا سپدنس سپٹھ پننین خیالاتن ہینداظہارتہِ کران۔ رجیدہ سابن

چھ ازتام باہ تروواہ اُردوتہٕ کاشُر نثری تہِ منظوم کتابہِ تخلیق کرِمژہ یمن ہنٛد

تفصیل تِمو شائع سپز مژن کتابن اندر دیتمت تہِ چھُ، رجیدہ صائبن صوفی

فلسفہ قلماوُن ویژھناوُن تہٕ ورتانک چھُ تِمن پٔنن اکھ بوٚن تہِ بدوٗن اسلوب

تہٕ اندازہ یمہ کنِہ نیہِز تخلیقاتہ قاربس ژبتھ دِتھ پرَنہ تہٕ سمجھنہٕ چھ لأزمی بنان رجیدہ

صأب ییتھ کنہٕ پننہِ قلمہِ صوفی فلسفہ، قلندری ریشُت شریعیت طریقت،

معرفت تہٕ حقیقتُک حال واحوال ویژھناوان، ناماوار تہٕ موتبر مشرٔخ عألمن

فأضلین ہندی حوالہِ دِتھ پننہِ باؤ ژڈکھِ چھ تھاوان، تہ زأنتھ تہِ چھُ صوفی تہٕ

صوفیت زانن وول منٛش بدل کتھ تام عالم حیرتس اندر وأتتھ، راونس اندر تہٕ

زن راوان، یُدْ وے عالمہِ اَسرارٕ کی مشلاشی اسرأری راونس اندر تہِ لبان چھ،

یہ اَدٕ تمنِ ییتھ فانی سرایہ اندرٕی تا ابد حیاتی پراونچ بشارت چھ بنان میٚے چھُ

رجیدہ صائبن شوقِ سلیم، ذوق طلب تہِ عشقہ ذر، مانہِ سأوی ورگہِ باوتھ تہِ

خلقن ستِ دوٚہ دِبن گزارنچ توژھ وچھت، ساہٕ مزازس تہِ وأژگی سٔدرس

اندرزن تہٕ وبالی کران خلق کیاہ کیاہ چھ ونان، یہ کیاہ کیاہ چھُ بوٗزان سہٕ دِل تہٕ

جگر چھُ تمینی اَسرأری متبن ہندبن بے کینہ سینن اندر لوبان تہٕ زینان، رجیدہ

صائبنی زبو تہٕ قلم یہ باوُن تہٕ زأنی راوُن یژھان چھُ میانہ زانسہِ چھُنہ وُنہ سہٕ

موٗلہِ ونک وق آمُت یمِک افسوس أمسِ اَسرأری مُتبس وقتہ کِبن عالمن،

فأضلن، لکھاربن سرکأری تہٕ غارسرکأری اَدبیم تحلقیقی، ثقافتی تہٕ تاریخی اِدارن

ہیندِ وزِ وزِ روزتھ عاجزتہٕ کران چھ۔ میانہِ زانہٕ پزٕ رجیدہ صأبس صوفی وأعظ بنتھ پٔنٕن تہٕ زان کأزو تہٕ قلمہٕ جاری تہٕ سأری تھأوِتھ پٔنٕن امانتھ زأنتھ ورتاوُن۔

والسّلام

ظریف احمد ظریف سرینگر

۱۲ جولائی ۲۰۰۸ء

## رجبہ صینہ اجراء گمژہ کتابہ

۱۔ ندامتکۍ آلو۔

۲۔ خون جگر چوم

۳۔ اَشہ ھھتی پوشہ پھتی

۴۔ عشقہ بُسر

### یم وُبنہ چھپاونس پراران چھ

اردو غزلیات زِہ حصہ

۱۔ سوزِ جگر

۲۔ گریہ رجید

نثری کتابہ

۱۔ سوانح فقیرودو پیش سلطان صاحب بدسگامی

۲۔ فقر کی بے رُخی

۳۔ آنسوں کے شعلے　　　　اردو میں۔ اردوہس منز

۴۔ حُجبت عِلم اور زبان روح

۵۔ توحیدتہ تصوف　　　　کشمیری میں۔ کاشرس منز

۶۔ وجود شایری

۷۔ تحفہ فنافی الشیخ۔ مناقب

۸۔ تقاضائے تجدیددین

# توبہ دربارگاہِ الٰہی

عمر ہند بار خطا ہتھ آس ژیے کُن یا رحیم

کارِ دُنیا نارِ نمرود زرِ زر سو مبر وُوم یا کریم

مَس بۂ گوس زاگۂ وُن وِزوِزِ ناحقؔ ،

سائرِنے گوس لورروُ دُس ترِیشہِ ہوٗت آدِمی رتس

عأب گوٗئی کرمے بے حَد رفتنہ تُلم زرِ زرس

ژھلۂ بأزی ہیچھ نأوِم ءِکتی معصوم بے ہَوس

حق و ہمسایہ نزدیک أشناو پیوم نوز انہہ ژبتس

نامۂ سیاہ میون کوِ عظیم مَٹہ گس ییہہٖ مے بدس

زیچھِ سیاہ رأژپےَ دوذٔ گوس بیدار ضُبحے

امتحانَن منز گوس آوذ رِیہ ژھم گس بیمار بے

رگہِ رگہِ دَگۂ تِی زوٗہ مے لوٗ گمت داوٗ بے

کنٗس جانٗس ناتوانٗس ترأوتھ ژلم داوٗ بے

پایسے پیٛوس چھپنہٕ آس ووٚنی زٕحمہٕ کٔس دربارسے
توبہ میون کرٕی تو قبول روزِ عبرت جہاں سے

میانہٕ اطوارٕ ینہٕ کانٛہہ پأدکرٕہن درجہاں
موٗیہِ موٗیہِ در توبہ آسے معاف کر سیاہ کارسے

چھٕنہٕ ژیٚنہٕ ہیوٗ کانٛہہ غفار بڑٕ انتھ چھٕم لاچارسے
رنجیدٕ سے رجیدہ بنتم پردہ کرٕمژٕ ذٕریاتسے

دِلہٕ رٕکیو پرٕو چھٕس توبہ کران یا رحیمؐ یا غفار
دِمٕ اجابت پاسِ رِسالت زِنوٗ رِسولؐ یا کریم

طلبِ وومید

محمد اشرف صوفی۔ حافظ باغ سرینگر

# صوفی

دون، شہن ٹھند بنؤ خالقن مخلوقِ کُل جہاں

للہِ ناوان تتہ آیہٕ چھونہ واتان کانہہ آنتھ سۍ

کوٗس ناز برداری پأن پانے چھِ کران شہن شہنشاہ

تہٕ کیتٍ ژٕ عابد عامل چُھنہ یاپان کانہہ اختیار سۍ

باوِ ہے رجید سہھ زوری تیٚم زور چُھنہ فھبان در بَیان

ژالہِ ژالہِ اوش چشمے ہران چھنہ دران کانہہ سوالسی



خاکسار دومبد ذُربات۔ گُل فاروقہ با محمد اشرف حافظ باغ سرینگر

پاپسے پیُوس چھپنہٕ آس ووٕنی زحمہٕ کس دربارسے
توبہ میون گری تو قبول روزِ عبرت جہاں سے

میانہٕ اطوارٕ ینہٕ کانہہ پأدٕ کرٕہن درجہاں
مؤیہِ مؤیہِ درتوبہ آسے معاف کرسیاہ کارسے

چھُنہٕ ژینے ہیوٗ کانہہ غفار برٕ انتھ چھُم لاچارسے
رنجیدٕ سے رجیدہ بنتم پردہ کرمژ ذریاتسے

دِلہٕ رکیو پرٕ و چھس توبہ کران یارحیم یاغفار
دِم اجابت پاسِ رِسالت زِنوٗ رِسولؐ یاکریم

طلبِ ووٕمید

محمد اشرف صوفی۔ حافظ باغ سرینگر

# رِندہ گوو زندہ مرن

تقدیرِ گُررن بُنن   رندہ پانہٕ زندہ مُرن

تکبیر پانس پرٚن   رندہ پانہٕ زندہ مُرن

شبَ و روزیم چھ ہشیار   گاران تم چھ عقبیٰ

سباہ مار چھے یہِ شنگن   رندہ پانہٕ زندہ مُرن

خاک نار وا و آبس   اَڈرن چھے آدمس

تگہِ گاٹلبن یہِ بوزن   رندہ پانہٕ زندہ مُرن

وازس دِوپنن ماز   پیرتھ سورمہٕ ساز

پانَس چھُ پانے کھیوٚن   رندہ پانہٕ زندہ مُرن

توندرس چھُ پننے جلاو   یندرک گبسہٕ گبس چھاو

شہہَ پنن چھُ ابسوٗن   رندہ پانہٕ زندہ مُرن

رجیدہُ چھے ونان زار   صاجبس یہِ ناعار

تتہِ چھم ناوِترنُ   رندہ پانہٕ زندہ مُرن



01-05-2004

گھسہَ ڈن بتہ معصوم خانس سنٕز اَدہ لکی کرِت ژہِ

مردانہ پاٹ نوازس   اوسو کھ جُرتھ خدایا

# سوزِ دل مسں پیالہِ

سوزِ دل مس پیالہ تھاوم بڑئ بڑے — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

چانبن وتنے اچھٔ لہجہ دڑئ یے — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

ژھایہِ پان تہووتھ کیاز دلبری یے — سنگ دل لوگھ کوٗت بے عار

دِمہے آلواشہِ برئ برئ یے — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

الف قد سیے دال گوم پرئ یے — خال ڈینشتھ دل گو وآشکار

کامہِ دوِ گومے نامہِ پرئ پرئ — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

تتہِ وانہِ نیرتھ سودا کرئ یے — وچھنے ژرامت اوس بازار

رسُوا کرنس اٰی دلبری یے — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

لتس پتھ لاران پادمے ہٖلئ یے — یَس پتھ گومت چھس گرفتار

تمی سندِ دادِ پیوٗمت ہرئ ہرئ یے — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

لگھا تمی سترِ کاٗری گرئ یے — رنگہِ رنگہِ باعنس پھٔلی گلزار

رنگہِ رنگہِ رؤنگنس اٰی رنگری یے — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

مولون کوٚرنس دربازرئے — پانے اوسم گُن خریدار

رجیدہ خونکی جامہِ برئ برئ یے — شوقہِ سان بوز گرئ گرئ یے لو

16-06-1970

# بوگیس لتۂ مونجے

| | |
|---|---|
| ہایارِ چانہِ ونجے | بہ گیس لتۂ مونجے |
| گیم وائنجہِ کھنجے | بہ گیس لتۂ مونجے |
| واو بیوٹھ پوشہِ لنجے | بُلبُل چھے رنجے |
| دران چھُنۂ کُنہِ ڈَنجے | بہ گیس لتۂ مونجے |
| گلس داغ مَتزٕ ہونجے | اند کُن رٔتھ کُنجے |
| جوڑان چھے رونجے | بہ گیس لتۂ مونجے |
| یَس سیتی مَیل مونجے | کران تس لنجہِ لنجے |
| دران چھنہ کُنہِ پٚنجے | بہ گیس لتۂ مونجے |
| کو یز کہ گاشہِ گنجے | عقل تتہِ کیہ منجے |
| رجیدہ چھے زیرِ پنجے | بہ گیس لتۂ مونجے |

02-09-1970

# پد

مأر موٚند معشوق بر سَر لاشک
شق القمر زانُن چھم
عشقنہِ دریاوٕ غوط دِیُن لا شک
اشہِ کےٚ پیالہ چاوُن چھم
دردل تیمی اَکی غم چون زٕ و ٹنے
تمی ژوٹ پانے پُنن جگر
تِکہِ تکہِ ماز تیمی سپکس کھو لنے
مندرس پنہَ نس گرن پوزا
اشہِ کیے آ بہٕ ہتی وضو کوٚ رنے
کعبوک دروازہ چھےٚ کُشادے
قطرس اندر بحر وپراوُن
سحرس شامُک حال اظہار
گرشھ گرشھ ژالُن تمہِ وتہِ راوُن
گُلمار پنھنے چاوُن شیر
پان رزہِ کھاٲلن دمہٕ دمہٕ چھاوُن
دمس سیتی غم فراموش
وجود اندرے موجود پڑاوُن
وحدہ لاشریک تمہِ چہ زان
بُسرے عشقنہِ دۆ د مُت رجیدہ
معصوم عمرے گوٚل شھنہِ مأن

# گن تھاو نالہٕ زارن

دل تتبلو ونم اٰی دلدان
کن تھاو نالہٕ زارن

شلِ نتھ ژوٗ لمے چھس پژارن
کن تھاو نالہٕ زارن

ساقی پچھے زن مستانہٕ پژارن
مُس چیتھ گوس بے ہوش

بے ہوشی منز یارس گارن
کن تھاو نالہٕ زارن

زاہد کیا چھے واٗ حد گنز ران
رندن زنّار پژارن

عاشقن تھندے امارٕ مارن
کن تھاو نالہٕ زارن

عاشق بس چھی یارس گارن
ژھاران لعل مرجان

لکہٕ پامن چھی تم سینہ دارن
کن تھاو نالہٕ زارن

الف اللہ پرہیز گارن
مہمک قلف چسپان

داردس پیٹھ وژن منصور یارن
کن تھاو نالہٕ زارن

کنہٕ دُورن چھم گرایہ مارن
حورن بوش کھالان

اشہِ کنہِ عاشق خون چھی ہارن
کن تھاو نالہٕ زارن

من سرہ من کئے پن چھی تارن
قاب وقوسین للہِ وان

کاٗفرتی آیہ ژھارن گارن
کن تھاو نالہٕ زارن

پیر چھُے کونیر وک معنے دارن
ژھاے چھے اکھ دوٗ گنیار

رجیدہ گن سپد تھ وژن یارن
کن تھاو نالہٕ زارن

14-07-1971

# سۄر کۆرنم مارٕ مٔتی یے

سۄر کۆرنم مارٕ مٔتیٔ یے — وارٕ وارے لتی یے

مۄر للہِ ؤنی نارٕ تتی یے — وارٕ وارے لتی یے

رو شہمتس کتہ پڑ ارس — ہوشہِ گوشن کرس حال

ڈالہ نہمس پوشہِ پھتی یے — وارٕ وارے لتی یے

خون جگر برس پیالن — شہلا وتھ چیہٕ دام

زونہ کرِس نالۂ متی یے — وارٕ وارے لتی یے

ینہٕ سودا گوم لتس سیتی — پیٚوس ہرٔتھ ہردٕ پَن

دیدنے منز نشہِ ہتی یے — وارٕ وارے لتی یے

جانورزن لۆگس زالے — پنجرس منز قاد

شراکھ ہأو نیم خشمہٕ ہتی یے — وارٕ وارے لتی یے

ساد زأنتھ وعد کۆرنم — پانہٕ روپوش رود دور

گوم آچھر کتیٔ کتی یے — وارٕ وارے لتی یے

سینہٕ زٕلم لولہٕ نارن — ٹلہ تینگل گیم لأری

للہِ وان چھس لولہ ہیتے — وارٕ وارے لتی یے

شایہ پننے ضایہ کۆرکۆرنس — باونس کۆرنم منع

توے رجیدہ دمہٕ ہتی یے — وارٕ وارے لتی یے

21-07-1971

# پد

یارِ دود کوتاہ کال گوم للہِ وان

رگہِ رگہِ زن تیزاب

عشقئ نارن رژھِ رژھِ زولنس

کرِنم لوچ طناب

سورہ سانہ کرئ تھِ تزوونس واوس

کوِہ دۆ پنم یتھ ٹراب

ازلس ابدس زنجیر ئرنم

مس گوو پانہِ چھ شراب

واوطوفانے گس ووت اُنتھس

زندگی تتہِ بے خاب

تکبیر پۆرنم اُمی قصابن

خونہِ میانہِ لیوکھن حساب

ہمہ اوست پانے شہود جہانے

ہمہ چھی تتہِ لا جواب

ذکرن سیتی لے ییٚنۍ تھاوُنم

شب وروز تمی سند شباب

حیاتک شمع چھے وجود گاٹران

شمع چھے در اضطراب

عالم حاٗران چھس گترییے

ڈیتر بو کوٗرے عذاب

کوت کال رجیدہ روزِ پہترن یے

موے موے چھس درعتاب

# دِل کے نشانے شانہٕ دارِمس

یٲرِ کۆر سودا مے سیتی پانے دلہ کے نِشانے شانہٕ دارمَس

رنگہٕ رنگہٕ ہاؤنم بیر رنگ وانے دلہ کے نِشانے شانہٕ دارمَس

لعل تے جوہر تھاؤن منز صندوقس کوٗژ تے قُلف پیٹھ تالس

میٲل تمی ڈٲوپنم چھے شش جہانے دلہ کے نِشانے شانہٕ دارمَس

ستہِ رنگہ نامہ میےٚ لیۆکھنم نامس دارِ تے دروازہ بنٛد تھاوِنس

چوبکی سیتی کۆرن بریانے دلہ کے نِشانے شانہٕ دارمَس

شہسوارس بوہے شاہ دارس بجرو پٕر اۆن منز قطرس

تمہِ تورٕ شیچھ کیاہ ٲو تھ زانے دلہ کے نِشانے شانہٕ دارمَس

ونہٕ کس گُررن بس پان زانِنم سِنہ گُس اتھ کارس

رجیدہ ژھایہِ چھا کینہٕ روزانے دلہ کے نِشانے شانہٕ دارمَس

24-10-1973

# ژھایہ کتہٕ بیوٚٹھ لٔتۍ یے

بالہٕ یار اوس پیٚتی یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
ژہالہٕ مارس تتۍ یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
دود ہے پُچھم جِگرس — تھوونس اِنتظارس
ہاوِ کس نارٕ تتی یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
شچہٕ روٗز سیتی طوطس — ہارِ چھم نامہٕ نائلی
تھوونم عذاب لتی یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
أچھو چھس خون ہاران — بالہٕ یارس بہ پیاران
نم خونہٕ رنگی ہتی یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
تھوونس مٔنز جنونس — لوکہٕ متی گیوٚ لنمے
آچھر گوم گتی گتی یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ ییٔ
وتن بو چشمہٕ وتھرس — ییم نتہِ پان مارس
مٔتہٕ ما بار گھٔتی بے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
مے وَلیم جامہٕ سیاہ — منے منز کعبہ گورم
کرس طواف تتی یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
یمس پتھ مے پھوٚلم یاد — تمس نواکھ ذرا عار
ڈوٗلم محشر تتی یے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے
رجیدہ گومت بے قرار — شرعک ءٕ دعوادار
عشق چھس فرحتی بے — ژھایہِ کتہِ بیوٚٹھ لٔتۍ یے

20-07-1971 Peth Dialgam

# بأزی دِنی رواچھا

اے یارمرکب تأزی بأزی دِنی رواچھا
خوش باش روئے راضی بأزی دِنی رواچھا
منز گلستان قأضی غأزی بُنن خطاچھا
ننہِ وانہِ کفر سأزی بأزی دِنی رواچھا
کرآشکارنأزی داغ جبھہ شرم چھا
تھاون صنم مجأزی بأزی دِنی رواچھا
سرودسوزوسأزی عاشقن تی مَنع چھا
ماشوق بے نیازی بأزی دِنی رواچھا
برداراے غازی نیزگلتی تنبگل سیتھے چھا
کوِمینن چھکہ اراضی بأزی دِنی رواچھا
بردوش کُس جنازی پانے پرن خطاچھا
قبلس مے چھم تمازی بأزی دِنی رواچھا
کمی لوگ تیر بأزی زخمن یہی دواچھا
رجیدہ یتہِ کس راضی بأزی دِنی رواچھا

بمہ باغکوی باغوان روحانیت تہ پہچان

آستھ نوازہ سوز مبشر ۔ اڈھ پھیچ کرٔت خدایا

# غزل

مبارک یار آمُت صد مبارک

پھُلتھِ بہار آمُت صد مبارک

مبارک پھیر سبزی پوشہِ باغس

گلُن لوکچار آمُت صد مبارک

چھُ شبنم بُتھ چھلان صُبحے گلاس

شہلن سبزار آمُت صد مبارک

گلو تے سوٚ نبلو بو نغمہِ لو لک

دِلن گفتار آمت صد مبارک

چُھ تُلمتُ بلبلو از شور غوغا

چُھ یارس یار آمُت صد مبارک

چُھ جوشا ولولہ از ناگہِ رادن

جوین رفتار آمُت صد مبارک

رجیدہ دیالگام ییٚن غزل بوزن تگی نوٚ ذ

وُزان چھس ثار آمُت صد مبارک

طلب دُعاء خیر ۔ یاسمینہ تہٕ بشیر احمد وگے

# به زولس چائنی آسنن

به زولس چائنی آسنن     جگر گوکھ کتراوں

عشق چھم سپنہ زالن     جگر گوکھ کتراوں

دمس ہتی دم چھہِ سئَن     چھ عاشق تی تنبگلن

سےَ زانہِ لیس یہِ بئَن     جگر گوکھ کتراوں

کوٚرتھ سودائے خرمن     رہ عشقن چھ زالن

دمہٕ دمہٕ داریگلن     جگر گوکھ کتراوں

ڈٕ زِم میٚنۍ معصوم تن     ودنس چُھم نہ گُنہِ ژھین

وُنن باوُن چھ راون     جگر گوکھ کتراوں

وۄلُم نال کالہٕ سرپھن     موے موے زنجیرن

ہنہِ ہنہِ گوس ژمن     جگر گوکھ کتراوں

حسن چون تمبلاون     شدادن سوٗر سپدن

توے رجیدہ ودَن     جگر گوکھ کتراوں

22-12-1972

# نگارا کیا کرِ بیان

بہ ڈُنی ڈُنی چھس بے زبان — نگارا کیا کرِ بیان

دمہِ پھٹِ دل چھُ ودان — نگارا کیا کرِ بیان

دوریوم چھُم ارمان — ترٛ وونس بے پرسان

تھوونس موے اویزان — نگارا کیا کرِ بیان

آہ کیے پھہ گوس پھسان — رودم نہ از خود دیان

بچھی بچھی گوس مشرٛ ان — نگارا کیا کرِ بیان

ہبنہ اُس درزندان — دامہِ دامہِ زہر چوان

رنٛدِ روودان پران — نگارا کیا کرِ بیان

تقدیرِ چھس للوان — تدبیر چھُس نہ بنان

برسرِ تیغ وسنان — نگارا کیا کرِ بیان

نینگلتھ گیم زبان — رجیدہ وڈی دڈی وزان

بدنامِ دیا لگام زان — نگارا کیا کرِ بیان

22-12-1977

# ۓ چوونس موے

| | | |
|---|---|---|
| ۱ | عشقہٗ نیے گیم لےَ | ۓ چوونس موے |
| ۲ | ہتی یارس کوٚرم بےَ | ۓ چوونس موے |
| ۳ | سوریوس پےَ درم پےَ | درنار ہوونم خوے |
| ۴ | زولنس عشقہٗ تاییَ | ۓ چوونس موے |
| ۵ | پتھنے کرٗ مس لے | درنے ہوونم روے |
| ٦ | للوان چھُس ہےَ ہےَ | ۓ چوونس موے |
| ۷ | الت بر بکھم چھم کلے | بوزم دِلہ کہِ کنےَ |
| ۸ | قالوبلا ونتھ گوس پے | ۓ چوونس موے |
| ۹ | مس بہ کوٚرنس مَستے | مستانہٗ بے حبس تے |
| ۱۰ | طواف کرھا ھوحے | ۓ چوونس موے |
| ۱۱ | پٹرن ووتم دھترے | بون گوس خستے |
| ۱۲ | سبقس گوم نوآ الف طۓ | ۓ چوونس موے |
| ۱۳ | کس کیا چھ ازلہ باگے | چھُے سپد مُت گوڈے طے |
| ۱۴ | رجیدہ چھاشری باشے | ۓ چوونس موے |

# سور گو کرتھ ار مانۂ نے

ژھایہ پان تھوم یار نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے

خبرے نہ آو بیار نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے

جگر کہ دادے ژھُس دزان
تمہِ ژُے طبیب آتش وُہان

کتہ ژھنہِ کنزِ بازار نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے

پوزایہ ہند لودنم صیبۂ بھور
کھولنم سجدژُے مےٗ پور

گائتھ ژھلتھ تھوٗ دکھار نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے

بتخانہ ژھے پٹھ تختہ سے
تکہ تکہِ ماز کھال سیکہ سے

بردار اخلاص گژھار نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے

راتس دوہس ژھُم جستجو
تنہا بہتھ در محو ہو

اثبات ژُے پن تار نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے

زانتھ نفی خود ژھے مسیح
للوت سہ پانس بوئلی

پانے ژھُ پانس گار نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے

دیثت عشقض نارن جلاو
سےٗ زانہِ یس آوے بُلاو

رجیدہ دیلگامی ژھکھ وبتراو نے
سور گو کرتھ ار مانۂ نے





ذرہ ذرہ سے منز چھُے آشکار الولہ بازارے

سوداتمی سند چھے کنُن وانن بیوٗن بیوٗن انہارے

موے چیتھ مدہوش گومت چھُے آتش چنارے

بلبلن تتہِ چھُے ہوشی روومُت ازخودی خمارے

رنگہٕ رنگہِ بیرنگ بول بوشاہ زاہد تتہِ حأران

جاے رٔٹتھ درمراقب روح رٹتھِ چھُ زولان

دامہٕ دامے رندٕ کران نوش زہر کی پیالے

تیلان رگہ رگہِ جوشندہ دید دید ہلاے

روزہ درٔتھ ہمّ کوٗر پننن پان قوربان

سےٗ خونہٕ پننے نامے لیکھتھ عید چھے پالان

خاکس سیتیٖ زان ابدی چھے شان رجیدس

پامال گرٔتھ خاموش زیوِ ونان جلالس



سانین اَچھن منز نوازہ دل روان پاش پاش

ساعتہ ساعتہ برأنتھ نوازنی تھاوِت روشتھ خدایا

14-06-1969

## ونہٕ کس بہ کورٕ نیم تٔمی سنٔے

أمی عشقنےٕ زأجم تَنٔے
ونہٕ کس بہ کوٚر نیم تٔمی سنٔے

زألتھ بہ کوٚرنس حأرتنٔے
ونہٕ کس بہ کوٚر نیم تٔمی سنٔے

نیوتھم مےٚ دِل زألتھ مَنٔے
کرتام تیٚلہِ اوُسس زنٔے

نیاین بہ کوٚرنس پنہٕ پنٔے
ونہٕ کس بہ کوٚر نیم تٔمی سنٔے

درنس گوم مازانہہٕ ژھبنٔے
سور کوٚرنم کمہ کمہ فنٔے

آفتاب آسے لوسنٔے
ونہٕ کس بہ کوٚر نیم تٔمی سنٔے

زخمن تیٚر کیاہ باسنٔے
چھو کہ لدیَس آسی مُنٔے

منصوٗر دارس کھوٚت تنٔے
ونہٕ کس بہ کوٚر نیم تٔمی سنٔے

چینہٕ روٗس کوٕ گوسے ژھبنٔے
سوزک سرود بوزم کنٔے

پھیورم مےٚ کوٕرنگِ سوسنٔے
ونہٕ کس بہ کوٚر نیم تٔمی سنٔے

جگرس مےٚ گومُت چھُم سَنٔے
ویگلان نون زن چھس تَنٔے

رجیدہ دیلگامی کوتاہ ونٔے
ونہٕ کس بہ کوٚر نیم تٔمی سنٔے



قیدِ حیاتہٕ منز سُلہ عمرے تھہٕ آیہِ نوازہ

پسندِ حیات صفہ آرا اِبتادہ شہبدن

## دِل چھُم مےٚ زالان راتھ دوہ

پانس چھُ ماران یار ژھو — دِل چھُم مےٚ زالان راتھ دوہ

ہارس مےٚ کوٚر نم کیا زِھ پوہ — دِل چھُم مےٚ زالان راتھ دوہ

اَشہِ سہتی چھوٚلُم کالہٕ رو! ! — اکہ لٹہ یی ہے روبرُو

وُچھہان کرٕ ہس ہوٗتہٕ ہوٗ — دِل چھُم مےٚ زالان راتھ دوہ

گِندٕ باشہِ کرنم سوٗ بہ سوٗ! ! — چھٔلی چھٔلی وولنیس سنگِ کوہ

زیر زیرِ وولنس زبر کوہ ! — دِل چھُم مےٚ زالان راتھ دوہ

تراوِتھ بہ ژھن نَس بے سرو — انہِ گوٚٹ بنوون موٗن دوہ

ژھلہٕ ژھلہٕ لوگنس بوژھلو — دِل چھُم مےٚ زالان راتھ دوہ

گونژنس تمی ازجاۓ دی مو! ! — رُسوا کرتھ وولنس مولو

رجیدہ موژیووت موٗ بہ موٗ — دِل چھُم مےٚ زالان راتھ دوہ



طالب ہدایت۔ بشیر تہ فیاض

11-04-1979

# وتڑے کوتاہ بار

زولتھس دَھبہ رؤسِ نار وتڑے کوتاہ بار

آوارہ چانہِ امار ! ! وتڑے کوتاہ بار

ڈُپھونِ بہ جاناوار بند گوس چھُے ناعار

پرُ پھٹِ چھُس بے کار وتڑے کوتاہ بار

گل روے مبُل انہار تھووتھم شورِ بازار

رائبلس زن تبردار وتڑے کوتاہ بار

آدنہٍ چھُس درغار توسس مبےٗ تھوت تل وار

کتیٗ کتیٗ اچھرن نار وتڑے کوتاہ بار

من سرہ نووم ستبار گاہ چھُس لال بازار

جرٔی جرٔی موختس ہار وتڑے کوتاہ بار

ازلے وجودکہ ہار گنجنم سوزِچ تار

للون محیطک بار وتڑے کوتاہ بار

رجیدہ دم شیرِ خار پیرن کوٚرم اظہار

وم پھٹِ ڈُچھتھ دربار وتڑے کوتاہ بار



03-03-1973

# زٲ جنم درِدن تن

یار ژھارن کمن وتن زٲ جنم درِدَن تن
خستہٕ گوم رو پہ بدن زٲ جنم دردن تن
زٲ جنس عشقہٕ تاپن تُھونم جاے لگہ پامن
ودنس چھم نہ تنہٕ ژھین زٲ جنم درِدَن تن
وعدہ ساریو چھے آدن نیاے چائنی چُھس پیترن
میاتین دادبن سن زٲ جنم درِدَن تن
الفہ قبلس سجدہ دِون شش جہاتس چھے ملہٕ ون
جلوہ چونے چھ واصِلن زٲ جنم درِدَن تن
کۆل گۆمُت کیا چُھس ونن تہِ زٲنتھِ طوطہٕ کلن
رازٕ ہونز لگتھِ زالن زٲ جنم درِدَن تن
رنگہٕ رنگہٕ گوم رنگن بے رنگن گیڈم مارکن
شہبازن کنَ تھوٗشہن زٲ جنم درِدَن تن
عشقہٕ داد کیا چُھ گدرن باوٕ ہا چُھم نہ سمن
رجیدہ لوٗ گمتُ چھُ ستمن زٲ جنم درِدَن تن

09-11-1973

# موے چاوان چُھم میخانے

زان کرِوُن چھے پأنی پانۓ        موے چاوان چُھم میخانے

"خون هاران چشمِ جهانے        موے چاوان چُھم میخانے

زلفن مبے تمۍ شانہٕ کرٕنم        گرٕھتھِ رودم کتھ شایہِ صنم

عشقہٕ پیچانہٕ موے آوبزانۓ        موے چاوان چُھم میخانے

ألفِ اِستادٕ رُودے میمس        میم مِلون کرٕتھ چھے الفس

مِیمہٕ روٗس ألفس چھنہٕ زبانے        موے چاوان چُھم میخانے

عشقہٕ آتش تیٚمۍ ننگلوبُے        پھرٕٹھ مرنک تُمۍ تتہِ ترٕووُے

ہنہِ ہنہِ گوس تنہِ برکۍ یانے        موے چاوان چُھم میخانے

جامیٔ خون روسیاہ رجید        وُٕلتھ شب روز کعبس دید

پانہٕ پانس چھے پرٕزنانے        موے چاوان چُھم میخانے



06-06-1970

# وِچھ تَوِ ی حورو توٓ ہی

آم یئز کائلی یار پَئنئے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

باؤ سےَ از حال پئنے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

کوت کالاہ در ہجر رود — متھاب زن گو وبود

تارکن مثز پژ زلو ہنے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

راتھ دواوسس بہ نالن — اشہِ برئ متیِ پوشہِ چمن

یوسفس جامہٕ ژھیون ہے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

پامہٕ رئٹی ریزہ بأزی — جگر ژوٹنم عشقہ بأزی

جلوہ اکے توشہِ ویئنے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

کالہٕ شہار نائلی تژ وونم — مژ رونس جلوہ ہوونم

بوٓ مرس یمبر زلہِ وۄ یئنے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

پیٖ مہؐ ازلس اوس لیکھتھ — کریوٹھ مثزل طے کرِت

آوُگستام پوشہِ مدنے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

دارسے پیٹھ کھونس تمی — اناالحق دۄ پنم مےٚ پر

کسَ ۂنتھِ زانہٕ گدُرن یے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

کمیٔ سنااوسے رۄٹمت — یارٕ سند دامانہٕ میٚون

کانسہِ اتھ کیا اوس سئنئے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

چھس رجیدہ بوانتظارس — یارٕ سندس دٕیدارس

نےَ ونان تی یی مےٚ وۄنیے — وِچَھ تَوِ ی حوروتوٓ ہی

# کڑۀ اُوِج چھکھ پوشہِ تھڑئ یے

شانہٖ زلفن کمئ کری سوندری یے — کڑۀ اُوِج چھکھ پوشہِ تھڑئ ی یے

عاشقو چھی گنڈی متی دڑئ ی یے — کڑۀ اُوِج چھکھ پوشہِ تھڑئ ی یے

بوش حُنس چونہِ جڑئ ی یے — آدم خور چھکھ گوشدرئ یے

تھاوَمے رولیس مے ٹھڑی یے — کڑۀ اُوِج چھکھ پوشہِ تھڑئ ی یے

لےَ ژِیسھتمن تیمِی کرئ ی یے — اتھِ موران تمِ چھ پڑئ ی یے

ۂکتھ چانہِ مسَ بڑئ ی بڑئ ی یے — کڑۀ اُوِج چھکھ پوشہِ تھڑئ ی یے

گھ کران چھی پوںپری یے — رَآندہٖ گے زندہٖ مڑئ ی مڑئ ی یے

سئدٖ رمعرفت بڑئ ی بڑئ ی یے — کڑۀ اُوِج چھکھ پوشہِ تھڑئ ی یے

کلۂ ۂکتی گے رودی انہرئے — زربی وُ چھتھ چاُنی بنڈرئ یے

رجیدہ کوٚر تھن بانبرٔ بے — کڑۀ اُوِج چھکھ پوشہِ تھڑئ ی یے

☆☆☆

14-12-1973

# ہاھوے چمن

سوداے یار بمن بمن ہاھوے چمن

کعبس کمہ سوی نمن ہاھوے چمن

توشد رس تیمی لأئ تن نارس چھے نور سپدن

خونس پننس تیمی کوژ ان ہاھوے چمن

ستہِ دریاو گژھ سوٚتھ گنڈن رنگہٕ رنگہ آبس پوش پھولن

بردار اناالحق یار سپدن ہاھوے چمن

آدم آس بہ چھس آدن میمس تام گوس ژھیے گنژرن

اَلفہ ہبل دراو ہفت ضربن ہاھوے چمن

بزم دِتھہأ نکل چھے عأرفن کم کم طوطہٕ آیہِ گلَن

تمہِ دادے چھس نہٕ بلن ہاھوے چمن

حیس انہار حیحأرتن ے سورمے لاگ چشمن

آب حیات دژوگ ظلماتن ہاھوے چمن

مجنوں بنتھے راوان ظون تتہٕ گرنڈ نو چھے گن یاپن

رجبدہ محو روز انفاسن ھاھوے چمن

25-03-1974

# کھولنس کمُئ بے خبر بردار یے

کمُئ سنا گلِوتھ اوُنس درنار ے
کھولنس کمُئ بے خبر بردار ے

سہل ءھ پھاسوروزن کار ے
کھولنس کمُئ بے خبر بردار یے

عشقہٕ ژائنکس زول میے خون جگر
پنہٕ پنے کرتھ تڑ وونس بے ہشرر

لوسہٕ پانے کھوئلنس باپار بےٕ
کمُئ سنا گلِوتھ اونس درنار بےٕ

ھُویندارازلوگنس بوخندر سے
نار ژھٹے پان لوگنم توٗ ندر سے

چھندرائونس لوگنس بوکار ے
کمُئ سنا گلِوتھ اونس درنار بےٕ

مجنونس پامہٕ دژنم عامن
خاص نو کتن پھر نو ونس گامَن

یائری کرئی نم حیلھیے آدی رَتس
ماز سیٔنگی روونم فِکرے پربتس

پاکھدی دی کرُنسائیڑپار بےِ
کمُئ سنا گلِوتھ اونس درنار بےٕ

جانوارازالہٕ لوٗگس حاۓرتس
ژھرٹھ دوِان چھس نالہٕ دوان در قفر

وُچھرجیدن پاٗئی پان ہرکار بے
کھولنس کمُئ بے خبر بردار یے



# زوُ وڻد يوُ هوهو

منہٖ ہر کے دلاوارو زوُ وڻد يوُ هوهو
شيرتاج سردارو زوُ وڻد يوُ هوهو
عشقهدري ياوٕ ہر گُرتو پان زولتھ پونپر يوو
چھے دلس ماژيے ازارو زوُ وڻد يوُ هوهو
سائلک خاموش تتہِ چھی زاٰہد تتہِ نو وٕپيٕو
رِندہ چھی زندے ہُشارو زوُ وڻد يوُ هوهو
عاشقن چھنہٕ ننہہ تہٕ ننبدر راتھ دوٗہ هشبار چھی
ماشوقن چھکھ اَمارو زوُ وڻد يوُ هوهو
پنجرِ منز کے جانہٕ وارو بوز ناوتم خوش خبر
ڈنگ لاٰ ہتھ سنہ شدرس لعل پرٛ زنتھ کيا کورتھ
منہِ پھٲلی چھی گاشدارو زوُ وڻد يوُ هوهو
بحرس منز چھی کنارو واوٕ طوفان ژالہٕ يوُ
رجيدہ ديالگامی ہتھ دم شمارو زوُ وڻد يوُ هوهو



14-10-1970

# ہوشدارٕ مساروش

آلون مےٚ تھاوُم گوش — ہوشدارٕ مساروش

سَہرن مےٚ چھکھ سر پوش — ہوشدارٕ مساروش

چُھے کوت حوسنک بوش — نِیتھم مےٚ سأری ہوش

کوٚر تھس بہ فراموش — ہوشدارٕ مساروش

کنن مےٚ گو وبولبوش — گلُن تہٕ رووے ہوش

کم بازگے مدہوش — گلُن تہٕ رووے ہوش

عشقن مےٚ دتم حوش — گومت مےٚ الہٕ پوش

ازلے لکھو تھم دوش — پانہٕ بیوٗٹھکھ روپوش

وہبہ پیوم کرن نوش پانہٕ — ہوشدارٕ مساروش

کینہہ روٗٹھی کینژٕ ھاتوش — کینہہ نس چھ وصلک بوش

وزِوزِ مرنس توش — ہوشدارٕ مساروش

دأیمس چھُ دأیم ہوش — رجیدہ دیالگامؑ روپوش

پھٕلی نس تہٕ ازپوش — ہوشدارٕ مساروش



اُشی برٕ پیالن برئے گلاب یتہٕ ذکراللہ

# غمس نمسکار

لَے دَمَس ءستی کرم
غمس نمسکار

شے پننے پان سُرم
وٗجم زُلفقار

نشہ تس لول جوھر
پانہٕ سوداگار

تھَدِ، باوٕ ھوٗان پانس
پانہٕ خریدار

روپوش بہتھ محل وہرٕ تھ
لاٗ حد ملک دار

ذرٕ ذرٕ چھوس سوز پانس
کل چُھ تس انہار

حے کیے دریاوٕ غوط کرتھ
ممات کر بے کار

حیات ممات تتہٕ مشتھِ
لاچھُ بوٗ ڈباذار

کوتاہ مُنوم دانہٕ دانے
کس ونہٕ بہ دیندار

ورد کری کری گرِ دآبس
کفر سہٕ اقرار

پوزاے پوشن پوشہٕ پوزا
کیا صنم بے عار

رجیدہ دیا لگامی لولی داستان
پیرٕ ان روزِ ھموار



# لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے

| | |
|---|---|
| میٔ آشہٖ چانے گومت ہولے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |
| بے لوسہٖ پانے توسے کھالے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |
| اَنہ خانس گیم رُما | جوڑ دنہٖ ییہ نایار |
| یمبر زلے ڈیوٹھم لولے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |
| دینہ ڈولنس کاٗفر بنوونس | منزٕ شبابس زہتہٖ نار پیوٗم |
| کمہٖ دانے لوگنس زالے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |
| شکاری ٹرووُنم ناٗلی زُنار | ناروٕنن تن زالتھ گوم |
| بیمارس کس پٕژھ حالے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |
| پوزاے کرٕی کرٕی زیوٚن مشتھ گوم | وژن پانس غارس رووم |
| کنزس منزٕ ھوتولے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |
| آسنس منزٕ باسیوم کینہٕ تام | ہرنہٖ چشمن سورے لاجوم |
| پٕژ زکوتاہ آب زلالے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |
| نادلاٗے سُہ داد بوزبم | پیالہ لنہٖ منزٕ تس شیر تھووم |
| چشتھہٖ رجیدہ س کس کرمولے | لولہٖ پرواز ے بر کھوُلے |

13-10-1970

# بے عارس بہ کیاونے

عشبو گرس تے دِلضگارس بے عارس بہ کیا ونے

خشمہٕ ہُتس چھنہ عار اِنصاف رشکبہ یارس بہ کیاونے

عشقہٕ منزل چھُم دور واراہ پور وترن پیوم کوتاہ

ناٹی ترأوتھ گوم زلفِ کوکل شہمارس بہ کیا ونے

کوت کالاہ تھاوبم مےٚ پرژھیون عشقبہ پچان پان وٕلِتھ

پردہ ترأوتھ رولیس بیوٚٹھم تس نگارس بہ کیا ونے

لأل ژھاران چھے مجنونس سأل کران گُل جہانس

سوزِ پنہان وزان ہردم بے قرارس بہ کیاونے

ڈنگ سدرس لأیم ڈنگلن لال جوہر کھأئلم کہتیاہ

پرزلاوان چھُس ظُلماتس تس ہشیارس بہ کیاونے

ماہِ تابان چھُس روے تابان جانِ جانان شوبان کوتاہ

تارکن منز ژندر پژزلان گلعزارس بہ کیا ونے

چھُے رجیدس گومت بریان حال تسوند گُس کیا زانے

آوِلنس لۆگمت چُھ ژھلے دردِ نارس بہ کیا ونے



# مدنورودم نہ تاب

| | |
|---|---|
| دِلس گومت چھ سیماب | مدنورودم نہ تاب |
| چاٲنس عشقہٕ شراب | مدنورودم نہ تاب |
| ژھلہٕ بازٕ کوٚر ژھتم عذاب | تھاوکھ کوتاہ حجاب |
| دِتھتم عشقہ مفراب | مدنورودم نہ تاب |
| خوشباش ظاٗلم قصاب | کرنم پوٗرٕ طناب |
| کیا گناہ کیا چھ ثواب | مدنورودم نہ تاب |
| ظُلماتہٕ اندٕ رم خاب | ہوونم سیاہ گولاب |
| نقش نگار بے حساب | مدنورودم نہ تاب |
| دزٕ دزٕ جگر کباب | عاشقن لوٗب لِباب |
| زنجیر ترٲوتھ طناب | مدنورودم نہ تاب |
| ہیتھ خون کوٚر ژھتم خفاب | کورتھس بےٕ لاجواب |
| ڈروگ کوت موٗشرن شباب | مدنورودم نہ تاب |
| زاٗہد بہتھ درحجاب | دردس رٹھت ثواب |
| زہرک شہور ژھتم کاب | مدنورودم نہ تاب |
| رندن کعبہ وشراب | پھران چھی لولہ کتاب |
| رجیدہ چھے مست خراب | مدنورودم نہ تاب |



# ماہ روے کیا خوب تر

ماہ روے کیا خوب تر　　کتہِ چھم یار پیٚتی چھُم

دیدن چھُ دیدٕ پرور　　کتہِ چھم یار پیٚتی چھُم

لوینم عشقہِ خنجر　　ژۆلُم روزٕم نہٕ خبر

خونہٕ میانہ لیگتھی دفتر　　کتہِ چھم یار پیٚتی چھُم

آکاشہِ من سمندر　　چاۓوتھ گوم من سر

اقرار نیٚون یکسر　　ہٕرن نہٕ پتہٕ خبر

للۆن نار برسر　　کتہِ چھم یار پیٚتی چھُم

ژاۓلتھِ گوم دلبر　　ترأوتھ گوم اَبتر

کوتاہ چھُم ستمگر　　کتہِ چھم یار پیٚتی چھُم

رجید ہس پچھے برسر　　سجدک یہ ممبر

اچھرن مانہِ ژٕہے کر　　کتہِ چھم یار پیٚتی چھُم



مبا ہٕنس مرنس پرأرز ہے بلایہٕ

پیٚسن بمن قبرن بم پرارن چھہ

گوڈہ آسمن جنت۔ سُلہ صبنٕ وٕنٔن 15-12-76

30-06-1974

# ہرٕد روچھ

ہردے گوٗرم ہردے روچھی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

دم دِتھ سوزاتمی کیا گونچھی     ممیٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

سونچتہ متی بزم مے دیتنم     مستی سیتی ہوٚستاہ ذراس

کوٕ بودزاسو بیقل لوچی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

زاٗنم زتھے فانی سرایے     میٹھے ہند راتراٗوم میٚۓ

بے سروسامان ذراس بوموچی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

ہارچہ گری منز گوس مدہوش     زونم پانے بے زایوس

شبابہٕ زوٗرے لجمو بوچھی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

سوٗن تے ھ گوموشتھےٕ دوگنوی     قصاب لوگم ہنہٕ وانے

حاصل آیم اکھ خونہٕ کوچھی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

مشررے ہستبن تثرریہ لشاسم     نیمس تہ بے لیس کوٗرمے جواب

کھیلہ سےٕ منز میے رووم رووچھی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

دوستی کرٕ موسر پھن سیتی     ڈلوموپانس جانس میٚۓ

تراٗوتھ ژلموتم تہِ بوچھی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

رگہ رگہِ تیلیوم سےٗ زہر پانس     پیوسے پسیار گوس نوتوان

لوستھ کوٗرم ماکانسہ تی کوچھی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گوو

رجیدہ دم تھاو دنیاچھ فائنی     زان کرونہِ ہوچھکھ معصوٗم

عاقلس سبقاہ ہردے روچھی     میٚۓ ناسونچ تی کیا گو

سرینگرس منز چھ ہرداٗچھس وچھِ پوپنرونان

10-10-1973

# پَد

آدنکہِ یارس دادس مےٚ وات      دوہس گیم نصف رات
سرٕ گرشھ کران نفی تے اثبات      ممات چھُکھے لببکھ حیات
پےٚ درپےٚ چھے لہے کاینات      نفی اثبات ذرذرات
خاکس واوس بنہِ کنز ذات      ملوت چھے ششن جہات
محیطٕ پران چھی کنی کلمات      ولنے ژھایہ آیہ پننِ ذات
ہیرٕ تے بونہ چھی حق سنٛد صفات      سرٕ کرسرت یہ کائینات
ییٚلہٕ میے پرمونمازٕ برات      یژ کال گوواڑہ صلوٰۃ
باونس چھم نومے موکلن بات      دوہس گیم نصیف رات
بے ذاس پانس کتہ آمراس      زیتھ کونج برونھہ وہرات
دستانہٕ لوگنم اللہ نشاط      لاالااللہ چھَس کاءینات
رجیدہ لافناء التحیات      دوہس گیم نصیف رات



29-10-1972

# دُعا (پرایئر)

أسی چھ معصوم ناولایان یاالہٰ العالمین

بوز فریاد أسی چھ نادان یاالہٰ العالمین

ژے دِوان چھکھ عقلِ سلیم ژے کران دادبن دوا

کر ہیدایت چھکہ مہربان یاالہٰ العالمین

لیکھتم تقدیرِ قومس کر وفا در ہر جفا

رہنماے شمع ایمان یاالہٰ العالمین

علمہ کُے زیور بخشتم دین دنیاہتھ بَجا

تھاوتم مَتہٕ کاٗلنہٕ ارزان یاالہٰ العالمین

لبنگۍ لشر موز وراٹمۍ قیانہٕ دِسی سپدِن بجا

ژوہ زاتین مینہٕ احسان یاالہٰ العالمین

یاالٰہی میٚون دعا تھو مستجاب چھُم یی طما

چھُے رجیدہ دیدہ گریان یا یاالہٰ العالمین

طالب اجابَت۔ شہنواز صاحی جان بھ آبہِ غزالھ بشبر

# پَد

ہنزرم دِتھ اوٚنس آشکارن　　　کیٚتھ تیر بازشوبان

تس پتھ چھ کہتی دیوان　　　پوٚنپر چھ زالان پان

خونہٕ پننے شمع سوزان　　　سیاہی چھ نھہ ناوان

عاشقن شب روز ہکسان　　　زہر چھِی ژاپان

آفتاب تمہِ جایہِ پژ زلان　　　روبرو دیدمان

ذکرن تہٕ فکرن پن چھ تاران　　　اللہ ھو چھُ تیلان

گُلس میٖل دت اشہٕ سگوان　　　بازار چھُے پھولوان

دارس پیٹھ رندٕ اول شیران　　　نارس منٛز تابان

پننےٚ جل لیس دأیم بولان　　　عالم تتہِ حأران

شہودس ناو کیٚا کرِ انسان　　　ناوِ منٛز ناوِ پیٚران

رجیدہ غم چھا عاشقن آسان　　　سینہٕ سپر للوان



یمہِ شابہٕ فقرٕ ہوٚے موٚے شعر سوٚنھرِت
ژِتھ وتھ خونِ نوازہ غسل شہادت

18-10-70

# یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ

عشقنے کوڑ عقلہ سیتی کوت جنگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ
نالِ ننگ چھم چانی ناموس گیم تنگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ
چانہِ آشے دشہِ اُستانن گنجم | یار صاٸے جبوبس ؤنی چانی آش چھم
ٹیب وٹھن اندر وزان چھم چنگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ
چانہِ ہستی تل مے زاٸنم ہستی | چانہِ کوچ خاک لجم مستی
واوِ طوفانن مے کوڑ رنم زرِ درنگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ
ییلہِ ہیوت تھس ملی پور تھم تکبیر | لولہِ شرا کے ستی ژتھم کلہِ ہیر
تنہِ کنہِ پٹھ چھم نہِ یوان نام وننگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ
دیگہِ لوڑ تھس نار زو لتھم تکرونم | سینز وتھس لوکہِ گلون گوم دم
زورِ دمن ہتہِ نیونم وڑِ پرنگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ
کر یوٹھ کوڑ رنم شب روز گوم در ہوا | نے زمین نے آسمان پیوم بر رضا
ہم اُبکی پاٹھی کوڑ رتھم شب رنگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ
چون طیورے آس خلیل کوڑ تھس جدا | امتحانا کیا جلیل زُونتھ روا
دیا لگامی رجبد نالان بے درنگ | یارِ وِنتم کرِ زِلو گتھ یوت سنگ

# پَد

مُرُن سٔرتھ مُشتھ گوم مُرٕنے

پوٚرم پانس پانٕہ تکبیر

پانے ٕکلس راج چھے کران

ِکرمیٔس منز لھہ کھور زنجیر

پانے سورے بےٚ گنٛاہ ونے

پانس منز پانٕہ سپر

عالم حأرتھ چھُ اثباتِ وجود

زانکھے گوڈٕ کر پپر

پن پن کھأیلتھ پنٕہ پنٕہ کوٚرنس

درآب چھُس شہتیر

بازارِ پنٕنے تنہا کوٚرنس

لوٕنیم الماسہٕ تپر

جلوتہٕ روپوش روزتھ دۄ پنم

رجیدہ چھے باپپر



وومبدِ احسان۔ محمد یوسف تہٕ فردوسہ ڈورو

نِشوبہ عندلیب

# صفائی

صفائی شوٗب انسانن — صفا روزیو صفا روزیو

چھ سأری دین ہنٛز ناون — صفا روزیو صفا روزیو

صفایی لول و ولساوان — صفایی قول ابساوان

فایی زندگی چھاوان — صفا روزیو صفا روزیو

ولوِ بایو سمو سأری — صفایی أسی لگو پأری

یہ سارنی ھھنز چھ ذمہ واری — صفا روزیو صفا روزیو

ژوپأری تو ہی نظر ترأووِ — نظارن منز تہٕ ازماوِ

صفایی اکھ أکس ہاوَو — صفا روزیو صفا روزیو

صفائی چھِم کرنی کوچن — وَتن ناگن تہٕ کولہٕ رادن

لکن واٹن دو کن دادن — صفا روزیو صفا روزیو

صفایی آدمن چھول پان — حوالتس أس نکھہٕ شوبان

صفایی دون دِلن یکسان — صفا روزیو صفا روزیو

صفایی زندگی ہُند ساز — صفایی زندگی ہُند راز

صفایی پٔنٛھ رجیدیس ناز — صفا روزیو صفا روزیو



طالبِ دِل صفاء۔ حاجی محمد ایوب۔ مظفر حاجی۔ ''راجباغ''

تہٕ یہنز موج شمیمہ حاجن

11-04-1969

# یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

سیمہٕبدنس میے کالہٕ رنگ گوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

دامہٕ دامے مےٚ زہر چوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

ژھلہٕ بازن کھتی ژھل مےٚ کری نم
زدٕنیہٕ ہندی پاٗٹھی مے کرٕی نم

ودٕ ناحدہ روس غم زرٗن پیوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ چھم غم چھوم سنٛبس
سنہٕ گوم رٗم دِل اٗینس

کانسہِ مامیون ہیو یارٕ گدریوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

زاگ ہتھ بیوٹھس لاگتھ اوٗن
عشواگراچھم سنہِ کھوتہٕ سوٚن

رنگہٕ ہندرس پن میے کھاجوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

زال لاٗگتھ تھوونم ہرنس
وارتھونم نہ کالہنہ کتھ تہِ کرنس

غم عشقن اندری ژاجوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

ونہٕ کس نار عشقن چھُ زالان
حدٕ روزتھ مدٕ چھےٚ والان

اٗبسی اٗبسی پن رودم اوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

ہالہٕ گینڈنم منز ماٗدانس
زال وۄنتھِ منز شش جہانس

رجیدٕ ہن دلہٕ کےٚ کہنہ بوزوم
یِی نہٕ زونم تی ژاٗلن پیٚوم

12-10-81

# برٖ کوٚ رنس اُتی یے

مارٖ کورنس مارٖ متیٔ یے — برٖ کوٚ رنس اُتی یے
بوز میؤ نے روز پیتیٚ یے — برٖ کوٚ رنس اُتی یے
پن یںڈ رس چھُس بہ کھالان — شولہٖ ناوان دِل
گوم آ چھرُ کتی کتی یے — برٖ کوٚ رنس اُتی یے
گوس پیٹا ران آرٖ کتی — پارٖ کوٚ رنم دِل
لولہٖ کرہس نالہٖ متی یے — برٖ کوٚ رنس اُتی یے
جود پورنم عداوتی — زالہٖ لأ جنس بال
دود عشقن بوزلتیٔ یے — برٖ کوٚ رنس اُتی یے
کرٔ ن کبابہ حبابہ سیتی — نون چھُم تیلان
روشہٖ کرہس نالہِ لتی یے — برٖ کوٚ رنس اُتی یے
چھی رجیدس جامہِ چھتیٖ — کامہِ دوشولان
نامہٖ لیکھس خونہٖ ہتی یے — برٖ کوٚ رنس اُتی یے



12-12-1979

# وتم جواب

دمہِ پھٹڈ بہ گومت چھس خراب — کرتم ستھاہ وتم جواب
کوٗل چھس گومت دراضطراب — کرتم ستھاہ وتم جواب
رگہِ رگہِ چھُ تبلانی سیم آب — کر بے قرارس اِنتخاب
ژالان بہ کوتاہ چھس عذاب — کرتم ستھاہ وتم جواب
دردل مے تھوون ہے عذاب — نظرن چھُ میےٚ سراب
پیوسے تھکتھ بو بے حساب — کرتم ستھاہ وتم جواب
چھِے ناو میانی غرق آب — واوس اندر چھُس دَردولاب
مظلوم سےٚ شوبیا عتاب — کرتم ستھاہ وتم جواب
کٔمی بواونس دراین تراب — لیو کھنم ازل کیالا جواب
راہ کیا کھوتم چھُس درطناب — کرتم ستھاہ وتم جواب
جورو جفا میأنی کِتاب — ذکرِن تہٕ فکرن اِنقلاب
تنہاشباب بے نقاب — کرتم ستھاہ وتم جواب
لتہٕ مونجہ گومت چھس زیرآب — وأنج پٹھم انہٕ کربہ تاب
سرٕ پیٹھی گومت چھم سیلاب — کرتم ستھاہ وتم جواب
کوتاہ عجب چھکھ ژے قصاب — ترٛوو تھس اوہزان بے رکاب
وأتھم مے شراکھ بے آب وتاب — کرتم ستھاہ وتم جواب
چیوٗن خوٗن میوٗ نے چھےٚ ثواب — ارٕسرٕ میانی چھی شراب
رجیدہ ونس چھم نہ تاب — کرتم ستھاہ وتم جواب

29-04-1980

# غزل

یارن مےٚ دِژم سادگی ہنٛز پام ونے کیا
بڑگوس توے باغۂ کُے گُلفام ونے کیا

آسم نہ خبر لاگہِ سۂ بیگانہٕ کربم خار
ژونم نہ زینے لاگہِ میے درداَم ونے کیا

مجنون بہ چھُس لاٗلہِ ہنٛد امارٕ گلان نۄن
ونہٕ کس بہ گژھان صُبحس چھم شام ونے کیا

سُے دوررۄ دم حورزن کرنس بہ پریشان
سوداےٚ کوٚر تھم پوٚختہٕ اٗستھ خام ونے کیا

ستھا یہِ ؤندتیٚ بالہِ یارس لالہٕ زارن منٛز
عشقن سفرتھ ژول ونان رام ونے کیا

مَدنس بہ ونہا زار گربوز ما بےعار
ژھاران لوسم پادشہرتہٕ گام ونے کیا

چھُم یاردروجۆ دتی بوز چھے موجود
رجیدہ ملک دار چھُے بدنام ونے کیا

طالبؔ تقوی محمد سلیم وانی تہٕ اٗہنز گھرہ واجن نبلم چوک سرینگر

29-04-1980

# زندے أستھِ پشیمأنی

ہژر کیا زندگی میأنی — زندے أستھِ پشیمأنی
مےٓ ہِردم دم وأرانی — زندے أستھِ پشیمأنی
تمنا چھُم مےٓ کالھنہ ساتھا — نصیبس سو کھزاہ آسیاہ
چھُنا کبنہٗ جُز پیشیمانی — زندے أستھِ پشیمأنی
چھم زبو بنان دشمن — گےٖ چھم گن غلط بوزن
خیالاتن پریشانی — زندے أستھِ پشیمأنی
تگان چھم ناکھنی باوُن — چھُ راونس منز فقط راوُن
ژوپاسے بس چھے انزانی — زندے أستھِ پشیمأنی
مکانن دارِ پیٹھ ندہر — وَچھان چھُس عالما پرُ زر
بہ نومنز پارِو یاپانی — زندے أستھِ پشیمأنی
کھران چھم پان چھُس زانن — گروھان لُر پارٕ ارمانن
وو پرپانس بہ باسأنی — زندے أستھِ پشیمأنی
گرشھان یام چھُس دربازر — چھُ خأرس مٔلی بنان تتہٕ ژ

مےٚ لُکھ چھم پامہٕ دیوانی زنٛدے أستھِ پشیمأنی

شرٕبن بأژن تہٕ چھس کھوژان سوالَن چھم جواب لرزان

بنان یاردشمنِ جأنی زنٛدے أستھِ پشیمأنی

نہٕ چھس عالم نہٕ چھس درویش نہٕ مولانا نہٕ صاحبِ ریش

نہٕ چھس شاعر نہ دیوانی زنٛدے أستھِ پشیمأنی

ندامت چھے رجیدس کار کران چھے بس أمسکی باپار

چھُ پیٹھ دیالگامہٕ روزأنی زنٛدے أستھِ پشیمأنی



پرٕ بزلہِ نے نورانہ سبٕتیٚ روئ آفتاب

حورہ چھکٕی نے پوش تہٕ پھولنے گلاب

شہنوازن ٹوٹھ یاوُن کورغدِا

حورہ ونہوان درأبہ تمنٛی مرحبا

ظریف احمد ظریف

20-07-1970

# التماسی شکوہ بہ فقیرِ

مؤت چھُ گومُت غیرن سیتۍ | بۄہ کورنس لتِ لیتی
خونہ لبکھس نامہ ٔکیتۍ | مُت چھ گومُت غیرن سیٔتۍ
گوم اُچھر کیٔتی کیتۍ | پیوس لوسِت موئے چھُتۍ
پارہ کرٔنیم خشمہ ٔھتِۍ | مُت چھ گومُت غیرن سیٔتی
لولہ کرہس نالہ ٔمتِۍ | گوس پر آرہ آرہ کیٔتی
جوشہٕ کھٔیتم نارہ ٔتۍ | مُت چھ گومُت غیرن سیٔتی
جود پوڑھنیم گوڑہ آرھتی | زالھ لوگنیس دلأتی
کوہ لوگنیم عداوتی | مُت چھ گومُت غیرن سیٔتی
کرٔین کباب حُبا بہ سیِتۍ | نون ترُونیم جلاتی
چھوی رجیدتوہ عدالتی | مُت چھ گومُت غیرن سِتی



سانس وبھہارِ جہانس | واوہر دُن فرِتھ گو
مشکل یہ جُدائ ژائن | شَرِ پرِت تھَوِت خدابا

12-12-1979

# بے عار عشقو

بقرار نو تھُم بے عار عشقو

سنگِ سباہ پرُ اسرار عشقو

لولۂ چانبے چھوم ذر آزار عشقو

سنگِ سباہ شاہ اسرار عشقو

مولھہ وأ لِتھ گیُج تھَس جنیج حور

ٹُلہ تبگل للۂ وبم کورتم سور

رَمزہ چانبی تبز تلوار عشقو

سنگِ سباہ پرُاسرار عشقو

لےَ چانہِ سنگ چھُ سپدان آب

أبس تہِ نہَ روزان آب وتاب

لا نھہاہت لاپروا عشقو

سنگِ سیاہ پرُ اسرار عشقو

زَان چانۂ منہِ چھُم منَ کلہِ نار

گوک زالِت گرُتس بہ سنگسار

ہوش تےَ گوش چھکھ نِوان عشقو

سنگ دل شاہ اسرار عشقو

بے خانۂ کرٔبت کبتٔ خانہَ وبران

رِندہ خصلت چھوکھڑ، کران بے زبان

کتہِ ژھارت مکین لامکان عشقو

سِنگ سیاہ پرُ اسرار عشقو

گُنی ترؤتھس ژٔانت مِلوِت طُور

لَرِہ ساوتھ برٔگوس اَڈھ پھلیٔ ٹور

نیزہ بازی گُرتھِ بے وائے عشقو

سِنگ سیاہ پرُ اسرار عشقو

آشہِ چانے بہٕ گُمت چھُوس پاش پاش

تیز دھارے رندہ دِی دِی قلمتراش

للہِ وان چھُس وُھوُن نار عشقو

بُت خانہ پوزائے چھوم نوشمار

خونہِ جگر چھکُے آبک فوار

مارِ گرند زیوہ بے قرار عشقو

سِنگ سیاہ مارِ گزندپرُ اسرار عشقو

اَزلہ لائس تھوتس درانتظار

ہمہٕ اَنہَ وارِ ہوران چھُس اَشکیٔ فوار

رجید دیالگامیٔ کتہِ گوت لارِ عشقو

سِنگ سیاہ پرُ اسرار عشقو

# رِندہ عبار

پار پار کُرنم دِلدار رِند عبارن

باوہ نس تھونم نہَ وار شہمارن

دمہٕ پھٹ کُرنبس أینم پھینے

أرہ ھھٹ لوگنس زولتبم سبنے

گلان أس کُنہَ نبس بہُ کھاروانن

باوہ نس تھونیم نہَ وار شہمارن

سوداہ گَرتھی ترونبس سرِ راہ

انفاس نبھ نِم کرُنس فلواہ

یوسفس پڑ ھیا کرُن تار تارجامن

پار پار کرُن دل دار رِند عبارن

ھھتن ژِہ زوگتھم لوگتبس سِتمن

قرار نِتھ نون ترُوتیم زخمن

من بند کرُنم گُفرہ زُنارن

پار پار کرُنم دِلدار عبارن

آزمائ مائ مي گوم مژہ راوان

ژھلھہ ژھلہ لوگنم مار امارن

منز حیرتس چھوس زار زار نالن

باوہ نس تھونم نہ وار شہٕ مارن

بے کسی تھونیم زر ذر گبلن

دوہس پرارہ ناوِت گُرنس ثامن

پار پار کرنم دِلدار عبارن

تیر بارانھ گوم جگر کتراوان

زور اوٗارس گُن چھوسنہ یاپان

رجید دیالگامی لوگھ کوہستانن

باوٕہ نس تھو نم نہ وار شہمارن



ژٔژر کورنم سُلی اٗلیس تہٕ درابس

جوانی لاٗوی ہاوس شوژی ارمان

یمے ہتھ ڈاٗلی واژس نِش خدابس

ظریف احمد ظریف

# دبوانتے

عشقہ چانبے گوس بۂ دِبوانتے

کونہَ سنبھلن لوگتم رِزالتے

مارہ متے رَچُھوم چون دامانتے

کونہ سنبھلن لوگتم رِزالتے

یارءِمبانوکوئ ژِگوگھبے آرہ تے

نارہ زولتھَس وارہ گوم پارپارتے

تیرِمجگانن مبے کرئ مے مالتے

کوَنہ سنبھلن لوگتم رِزالتےَ

وِہ کرتم جود گرئ بھہانتے

رسہَ ربۓ لوگتھس بۂ زَالتےَ

مٔل ہوان آک عاشقن اَشکبارتے

کونہ سبھلن لوگتم رِزالتے

سروگ سود اُچھکھ کران تربازتے

آہ کرنس چھوک نہَ تھاوان وارءِ تۓ

سورہ راوانِ چھکھ رِندن سورساستے

کونہ سنبھلن لوگتم رِاز لتے

چانہِ دادے ہشر مبے پامن لادتےٖ

دل مبہ کورے اَستان منزبانتے

لال لاگمے کوُبعسئی تُمارتے

کُونہ سنبھلان لوگتمِ رزالتے

شہباز ولگوس شکار اصالتے

توتہِ وتم کوءرودی ملالتے

شہہ پُرئی تلرجیدس وِصالتے

کونہ سنبھلن لوگتم رزالتے



۲۵ سالہ دولہن سجی مہندی خونِ شباب

انتخاب آخرت کی ڈولی میں نشمین حوراں لاجواب

یارب دورمت رکھ حیات شہنوازہ ہم سے کبھی

ہم خستہ دِلوں کو دے تسلی، خانہ نوازی کے واسطے

20-06-1978

# ئُمَل ھتوُس

ئُل ھتوس سلطانی نوِ نم مبے دِل
اجنبی بو قیمتی تھونم مبے تِل
کبا ونے کوتاہ بہٗ کربوٹ عشقن منزل
اجنبی بو قیمتی تھونم مبے تِل
باشریعت نفسِ امار درلگام
درطریقیت پیش سپدِ اَسّلام
باغ ھاوِت آغہ ھوان تو تہِ حِسل
اجنبی بہ قیمتی تھونیم مے تِل
ترکِ ترک ترکِ خود دیوتنم سبق
تیز تلوار ھاؤہ نیم مبے درشفق
لوٹ عقلہِ کرِت دِوان عشقہ مِل
اجنبی بہ قیمتی تھو تنم مبے تل
اول اولے لوگنم فرہاد مبے
گاٗجنس شرین پرٗن اوراد بے
بے خبر کرٗ نبس مہ روٹنم زالہٖ دِل
اجنبی بہ قیمتی تھونیم مے ٖتل

اقرارِ خودی بے خودی زانان وَل

چھُنہ یاپن کانھ دِلا ور بھرمہَ ران کل

زِیوکلییمِ بوُل مُشرِت پبس گلِ

اجنبی بوقیمتی تھونبم بے تلِ

زٔان کار مجنون کران زِیرِ زبر

زانھتہِ نُو اُس عار پبوُس خاکِ بصر

رجبدس لوح دردس تراوِمل

اجنی بہٗ قیمی تھونبم مبے تِل



عَشقہَ تِنبرھے ژھارَہ گتہِ نِشان لتیٔ بۓ

بم تہِ ڈھدی تمن روزنَے زبان لتی بۓ

لاُ چھُ خنجر تَرتِ بس گوافکارِ رستہِ

اِلا اللہ مکانے کانسہ نے دراؤِ اَرمان لتی بے



14-06-1977

# ذکرِ سلطان

دَمہ دمہ دم چھوم ذکرِ سلطان

یار چھوم رِند چھُم گُل ریحانِ

مجنون گوس چھُم لوکھ گبلان

رُمہٗ رُمہٗ رُم چھُم گُمہٗ پشپان

عاشق بے سر پان گالان

یار چھوم رِند چھوم گُل ریحانِ

پیومُت چھُس بُہ پَت نبستان

اَتھ نو تراوس رونبہ دامان

کرِ بوٹھ چھوم زانُن سرِ سلطان

یار چھوم رِند چھوم گُل ریحانِ

نُن معشوق چھوم موت پہلوان

بے وائے ترو نبس مُو اٰو بزان

اَنہ رٕ ہتھ تو ندری گِ تیلان

یار چھوم رِند چھوم گُل ریحانِ

پادن پوسبس عشقہ پہچان

بُمہَ چاڑ چاڑ گوم تیرِ لایان

ہجر کہِ وَاوہ چھوم ننبدر چھبندران

یار چھوم رِندچھوم گُل رنجہان

بجمالش کرِت گوم دیوان

ازجلاتَ کورنم برباان

ربزہ ربزہ رہٖ ذَر ذَر للہِ وان

یار چھوم رِند چھوم گُل رنجہان

کعبس گونڈ مس لوٖلہٕ زُنار

نارٕ ون تھوٚنم زال شہمار

سجدہ سُن گوم ڈیکھ ٹِھکان

یار چھوم رِند چھوم گُل رنجہان

گنجِیہ مَس دَشھ مبے لولہٕ برُھان

شُروٚنھ دامانس بہٕ وندس جان

رجبد گن دِت تیٖ بوزان

یار چھوم رِند چھوم گلِ رنجہان



طالب دین ودنیا فیاض ہھبہ شہباز

## بزبانِ سلطان صیب بدسگامی ۔ رجبدہ سے مخاطب

13-06-1979 آرہ داوِت چھاہ راؤ راؤن دستور

06-08-1979 خارہ تھوؤت رود ھِم درمن دور

پرَارہ ناوِت کورتھس ڈابرٔہ لولو

گھٹہ منڈگاہ پیوہ ۔ ژانبس سور گوی

وانتس کرپکھنی گاش ھوآو

واش کرٔپکھنی گاش ھوآؤ۔

04-08-1982 بالہ بارو کرٔتم کل ۔ ژھارت بھہت گوگ مانسبل

24-08-76 بابہٕ رحم کرِ مے باری بسم اللہ

13-05-78 سلطان کورجیدہ کوتختہ

رجبدہ کا سلطان کورجیدہ کوتختہ

26-08-80 ٹکر ہُند سامان بازرس مہ تراو۔ پکھ پھُر راؤ۔

اللہ اللہ ژِتہ مے دھبان ۔ بوزٔیں پیر مون تی گرٔھ جان

22-04-1979 ترٔہ وُنہ مِرگے۔ کھسہ وُینہ بالستے اللہ۔ وزان چھُ

لولہ چھنی بے۔ گُل سورِ کیا فنگہ کھار بن تہ لولو

مرٔ بت بے نہ دوبارہ بارہ

شاہٕ سلطان چھُ پیر میونوی

مرِ بت چھاہ ملبِن

# دُعاءِ حاجی الحرمین

## کَتہِ اُنھ زَبان پرَہ ھاحَمداھالحمداللہ

اُوساہ پیتہِ نصیبس یھندِ مَرِ بۂ اُومت کرَتام
اَزچھُس بۂ تھندِ یژھ نوک اَمارہ اللہ اللہ

أسسم نہ کھیہٕ خبر مے شبہ ریک مے کعبوک بانے
خاکِ مدینہ رسرُ مےَ لاگہِ ہم مبے اللہ اللہ

مبہ ہیوی گُس چھُ عاصی موے کھوتہ چھمٕ خطاء مبے
بشروک یہٕ سباہ جامے چھٔلزم مبے اللہ اللہ

کتہ بہھ دوبارہ اَنہِ ہم مبے یمہِ دنیا خدایا
اُونتھس ازبُلاوتِ بیت اللہ اللہ اللہ

فِکرِ دنیا ہس ءسیتی سوران آس وارہ وارے
اِیمانچ ھکت دیم عرفاتہ اللہ اللہ

نفسِ اَمارئ بہٕ کرُہ نوونس کارِ باطل
شیطانسی بہٕ کرہ لار کعبہ چانہِ اللہ اللہ

ازوُلتبم مبے احرام کفنوک جامہ زندزوہ
وُین یتھ مارِہم زاہ چیت زم اللہ اللہ

فِکر و بہ خوشک کرمُت باران اَئیہ سیتی

وَتہِ چانہِ چھل چھلِ بہ لبیک اللہ اللہ

کعبہ چون واتِت بہ دردبد بھتم لِا اللہ

یُت نے تا قیامت مَشہِ ذکرِ اللہ اللہ

دِلچور گو سیتی چھےَ پیش مبانی کہانی

أیندر، یم بار لو تہچے شہلا وتم اللہ اللہ

لبیکَ آلو مبانی نارٔ ہ نِش دایم رٔ چھنِ بم

خُلدِ برٕس کوثر چاوٗ ناوِ زِ بم اللہ اللہ

چانِے حرمہَ پا کے ملکن ہندِ بن صفن منز

یھنہٕ تھاوِہم بَشرِ ہت در دین اللہ اللہ

اوتھس بہٕ یوٗت نزدیک کرَتم کلام مے سیتی

محراجہ کوٗی بجھر ھاوٗ برارض اللہ اللہ

بلھ مے واپس انھِ ہیم درخانہ عبا لباری

تمِنٔ کیوٗت بناوتم عطرِ رو اللہ اللہ

ینھ وَیں خطاء گرٕ ھنیم یوٗ دتھاوِہم بُدنیا

حج کعبچی قبولی جنت نُما اللہ اللہ

بمنٗ نظر مبے کُن کعبکہ طعماءِ رحمت

تمَنٗ تہ وَل تہ خلعت ایمان ہت اللہ اللہ

شفاعتہَ آں سرورصلعم قبولِ سَندِ دبہ زِبم

میانین دبدنی منذ نورانہ اللہ اللہ

وَ تہِ چانہِ غیبی منذ ذوہ جان دُیت نوازان

بردرِ کعبہ دائِم ارمان اللہ اللہ

طواف کعبسی منذ جن وملک تہَ انسان

ذکرِ جہرتہ دائم بنۂ متہِ اللہ اللہ

اےمالک ازل تو گئزہ روس اَنان ژِ ذُریات

رجیدبس تمن منذ حبات تھاؤ اللہ اللہ

## بسم اللہ الرحمان الرحیم

## اَسُلطانُ ظُلِ اللہ

دورِ مادیت یتھ دُنیک حکمران پننہٕ فوجی تہ سائنسی طاقتہٕ کِس نَشس منز گھمنڈ ھاوِت دورِ جدیدیت ترقی تہ جمہوریت اعلان کران چھ۔ ساری سائنسی ایجادات استعمال کرِت کمزورن پوت ژھائے ھاوِت پننہٕ قومبت ہر رنگ مظبوطی دِوان چھ تہٕ بت ریاستس بناۓ اعتقادِ اولیاء اللہ کشمیریت تلفظ دِوان چھ شاہی محلن منز روزت سیاسی زر پرستن مشیر بناوت حکمرانی ہند دوہ گزاران آیۓ۔ کھتہِ ہکھبن دمہٕ پھٹ گمتن ہند پوز احوال زانت یت ادبی تہ صوفتس چھونہ کانہ موجودہ سیاسی الحاق یا جوڑ۔ مگر یم تہِ ادبی ترقی ہند خطرہ میڈیا کہ ذریع اعلانات تہ بحث و مباحثہ کرنہ چھ یوان یم چھ عموماً شہر سرینگر کس احاطس تانی محدود۔

تجربہ چھ یوان وُچھنہ کہ گامن منز چھ گامین صرف کُنہٕ ہند شوق ہُران تہِ عملاً نہ کھنہٕ۔

اَمہِ محدود نظریہ نبر چھنہ کانہ شاعر واَدیب شہرہ نبرِت گامس کُن ینُوک زحمت دوان۔ محترم ظریف احمد ظریف چھ اَت ساری قیدیانہ ادبس حصار پھوڑِت موضع پٹھ دیالہ گام یت مجلس ادبوک سنز کران رودمت۔ یُم

چھ جناب نادم فقیر رَجیدہ غلام محمد وگے صینس جاء رہایش توحید وتصوفچ لیچ مژ کتابھ ہر وَربہ ۱۶ جولائی اجرا آمت کران تہ بمن ستی جنابہ شاد رمضان۔ رشید مجروح تہ باقی علم دوس سونبھرِت یہٕ فروغ ادب انجام دِوان۔

جناب رجیدہ صینہ تنصیف کرمژہ صوفی غزلباتن تہ مناقبتن ہندہ کتابہ مثالہِ پاٹ نداٸ متکی آلو۔ خون جگر چوم۔ اُشتی ھھتی پوشہ پھبتی۔ تہ از ۱۶ جولائی ۲۰۰۸ء کتاب عشقہ بُسر ادب نواز شخصباتن منز رسم اجرائی پیش کران۔ یہ عشقہ بُسر چھ جناب رفیق راز ڈایریکٹر ریڈیو کشمیر اجراء کران۔ تمن چھُ امبوک مبارک۔

یہ باون تہِ چھُ ضروری بنان کہ بم تہِ تصانیف اردونشر وغزلیات تہ کاشر تصانیف جناب پیر باباچھ لیکھان آمِت تہ بم نادر تہ ثانی بکتاب درجہ تھاوان چھُ۔ چھنہ ذرایع موجب یونورسٹی تہٕ کلچرل آکادمی ہند شوق جستجو بنان شاید اُمی کن کہ سرہنگرہ دور تہ رجیدہ صابنہ عِلم وعقل ہیوٗ رمزاجہ تہٕ فقر کہِ جلالہ حقیقہ اُسنہٕ موجوب۔

وومید چھ کہِ مصنفہ سندہ تحریری دستاویزات بنن نوِ پوہِ مشعل راہ۔

اکھ اَن زان واقف

عبدالمجید خان

سعبدہ کدل سرینگر




وولُم نال کالہٕ سرفن | موے موے زنجیرین

ھھنہ ھھنہ گوس ژمن | موے موے زنجیرین

حُسن چون تنبہ لاون | شداد ن سُورسٕپدَن

توے رجید ودَن | جگر گوکھ کتر اون



Printed & Composed By:- HFC PRINTING SYNDICATE# 9419003116